# زان

حال حالی میوٗل میہٕ موقہٕ شنکر رینہ ہنز "زِتنہٕ زوٗل" پرنس۔ یمہٕ برونہہ ترٕ چھُ میہٕ یہنزٕ کینہہ کتھہ ریڈیوہس پیٹھ بوزنہٕ تہٕ کینہہ افسانہٕ پرنکُ موقہٕ میولمُت۔ "زِتنہٕ زوٗل" چھِ کہانیہٕ پرِتھ درایہٕ یہٕ کتھ دارٕ پاٹھۍ نُنۍ زِ شنکر رینہ ہس کوتاہ عبوٗر چھُ پننین کِردارن پیٹھ تہٕ تِہنز ذہنی وُسعت کاڑاہ سٔنۍ چھہ۔ یہٕ چھِ خوشی ہنز کتھ زِ ڈاکٹر صٲب چھِنہٕ بیمارن ہُند علاجی یوت کران، تِم چھِ ادیب تہٕ اہلِ فکر تہٕ جسمانی معالج سِندِس پیشس سیتۍ چھِ تِم سماج کین دادین ہندی ڈاکٹر تہٕ پرٛزہان بنیو۔ تِہنز وٕ چھیہٕ ہر وِزِ یہٕ کوشش زِ سُہ کھاوِ نفسیاتی نبضس تہٕ کھٔپ کٔرِتھ، لُش اکِ بڈِ سماجی پس منظرک پیداوار چھُ۔

یم چھِ دادین ہُند سُہ پہلو وِرژنہٕ وِتھ بیمارن منز تہٕ سماجک تھزر تہٕ دوہ گنیار ژھانڈان، یُتھ تِم تمہ پاٹھ شیرِتھ نوین قدرن ہنز بُنیاد تراون۔

گوڈنیُک چھاپ ۱۹۶۵ء

تعداد ۱،۰۰۰

چھاپ کلفٹن پریس سرینگر

قیمت ترٛیٚ روپیہ ۵۰ پونس

کتابت غلام رسوٗل

یٲمہِ کتابہ ہندِ چھپاونہ خاطرٕ دِژ میٲنہٕ کلچرل اکادمی مالی امداد۔

یتھ کتابہ منز یِم خیال چھِ، تِمن ہنز ذمہ واری چھِ صِرف میانۍ۔

# آپالو سندٕ زٕ روخ

شنکر رینہ ییٚلہِ میٚہ گوڈٕ نیٚر لیڑٕ وُچھ، میٚہ آیہِ تمُندِس انہارس منٛز اَکھ
تِژھ زُژلینہٕ، یُس زندگی منٛز بیٚیہِ دۆن ترٛیٚن شخصن ہندِس جیٚنس پیٚٹھ میٚہ
دٕنیٚنٹھی آمُت چھ۔ سۆ زُژ یُس اَکِس انسانس عام انسانن ہندِ حمگھٹہٕ
منٛزٕ خاص بناوان چھ تہٕ امتیازُک شرف بخشان چھ۔ یہِ چھُنہٕ میوٗنُے یوٗت
تاثُر، اَکھ بجگ یُس شخص شنکر رینہ ہَس سمکھان چھُ، تَس چھُ تمُندٕ
وجُودٕ نِشہٕ خارج سیدن واجِنن ہِین زُژن ہِنٛز جادٔی ہانکل ناُلی گژھان۔
دۆیمِس مُلاقاتس منٛز سپُد میٚہ تمُندٕ انفرادِیتُک جادٕ پہن ییٚحساس۔
اَتھ اُس نہٕ یہِے یوٗت کتھ ذمہ وار زِ تسُندِس نندٕ بانِس نُتھس ییٚنٛہ اُس
فرینچ کٹ ریٚشہٕ خط سیتھ اَکھ خاص کیفیت پیدٕ گامٕژ۔ یُس زندگی ہنٛزٕ یَک
رنگ یکسانی منٛز تنوع چھ رنگارنگی پیدٕ کران چھ بلکہ اَدس یہِ تسُندٕ وجودِ

ازکل کِس زمانس منز چھُ جسمانی بیمارن سۆن تہٕ وسیع تعلق سماجی بیمارن سیتی۔ دونوے چھِ اکھ تصویرکۍ زٕہ روخ۔ لہٰذا اکھ ڈاکٹر چھُنہٕ صرف فزیشن یوت بلکہ اَتھ چھِ توقع کران زِ سُہ گژھِہ آسُن مُفکر تہٕ ماہرِ علمِ نفسیات تہٕ۔ مےٚ چھےٚ خوشی زِ ڈاکٹر صاحبس منز چھےٚ یم ساری صِفت۔

مےٚ چھُ موقہ میوٗلمُت وارِیاہن ڈاکٹرن سیتی وٕ وٕ تھنس بٕہنس۔ مگر یم زٕ تنٕہ شکر ریٚنہٕ ہنٕز ذہنی شعورٕچ پیٚٹھ نمایان چھِ، تم چھِ مےٚ یِہ سیٹھاہ کم وُچھمٕژ۔ سُہ چھُ کاشرِ ہن ڈاکٹرن منز اکھ نوٚو طرح تہٕ اُون یِژھان۔ تہٕ یِی چھُ ضروری تہٕ۔ اگر ڈاکٹرس اَکِس اَتھس منز دوربین آسہِ، سیتی گژھِ تس بیٚیِس اَتھس منز قلم تہٕ برُش تہٕ آسُن تاکہ سُہ کرِہ انسانی گہرائین ہنٕز ترجمانی، یوس وقتٕچ ضرورت چھےٚ۔

سید عنایت اللہ

وزیرِ صحت جموں و کشمیر

انسانن ہندِس جسمس یوت علاج کرن وٲلی حکیم تہ ڈاکٹر چھ انسانہٕ سندِہ
رُوح کِس سرچشمس اتھ منز ترادان۔ یُس شفا تہٕ صحتک اصل اگر چھُ چھ۔
یُس حکیمس تہ ڈاکٹرس اتھ سرچشمس زیرِ دِنک ول اُتھی لوگ۔ تِتھۍ کُن چھ
"دستِ شفایک" لکہ اعتقاد منسوب ہیکان سپدِتھ۔

شنکر رینہٕ ہس کیتھ کُنہ آو اتھ لوکچہِ وٲنسہِ منزۍ اتھ صدرس منز من
چھلنک ول۔ تمیک سر نٔنیاو میہٕ تمہِ وِزِ ییلہِ میہٕ بوزِ زہ سہٕ چھُ اکھ
کہانی کار۔ تمسندِن کہانین نظر دِتھ چھُنہ یہ کیتھ سمجھنس تاٗر لگان زِ تسندِس
منس منز چھ درد مندی تہ سوزِ چ سو زِ تیز لیوسہ انسانن ہندِ ین ضمیرن
ہندِس اندٕ گنٛڈ عالمس منز وَتھ ہاوان چھ۔ شنکر رینہ چھُ یہے شمع زاٗلتھ
مریضن ہندِس رُوحس ژاٗنگان تہ تورہ خلیجِ فارسہٕ کِس ڈونگہ ہندۍ پاٹھۍ
شفا کی موخۍ پھلی کھاران۔

مگر یہ چھ کیتھہِ ہنز اکھ لر۔ اتھ ووڑ ژھانڈِ منز چھُ شنکر سندِہ وجودُک
اپالو بیدار گژھان یُس اکی وقتہ طبیک دیوتا تہ چھُ تہ فنِ لطیفک رازدار
تہِ۔ رُوح کِس اتھ ساعتس منز چھ تمِس انسانن ہندۍ رنگا برنگی بُتھ بوزنہ
یوان۔ تم بُتھ یم عام انسانن ہنزن نظرن ویٚدۍ چھنہ گژھان، شنکر رینہ
چھُ تمنک موقلم ہیبتھ رُوح کین یمن اسرارن کہانی ہندِس قرطاسس

معنویک سٕہ پرتو ترٛیمِہ سیٖتھ اُچھن دوگوش ہیٚو گژھان چھہٕ۔

شنکر رینہٕ ہس کُن وُچھِت چھہٕ میٚہ یوٗنانی دیوما لہٕ ہُک اپالو دیوتا یاد پیوان۔ ییلہِ بُہ پران اوسُس زِ یہِ چھہٕ اکھ وقتہٕ سنگیتک تہٕ فنونِ لطیفن ہُند دیوتا تہٕ اُتھۍ سیٖتۍ سیٖتۍ طِبُک (Medicine) دیوتا تہٕ۔ میٚہ اوس یہِ والٹھ یوہے عجیب ہیٚو باسان۔ مگر شنکر رینہٕ ہن کُڈ میانہِ ذہنچ یہِ چینڑ۔ شنکر چھہٕ از بوڈ ڈاکٹر۔ مگر بہٕ زانن سٕہ تیٚلہِ ییلہِ سٕہ فقط ایم بی بی ایس پاس اوس۔ ہیتھو ڈاکٹر چھہٕ ہُفی ہٹرٕ ہٹرٕ پھیران اکسان تہٕ پوٚت ونگ گژھتہِ چھہٕ وونی یمن نبض ہاونس پتہٕ وچھِ کران مگر شنکر رینہٕ سُند وجود اوس تیٚلہِ تہٕ شفاہُک ناگراد ہیٚو باسان۔ یمہٕ انسانہٕ سان سٕہ مریض دِل دِہی کران تہٕ تسندِ ین چھو کُن بُلغار لاگان اوس۔ تمہِ کنۍ اوس سٕہ تیٚلی مقبول سُپدمُت تہٕ میٚہ چھہٕ واریاہ مریض یِم وُچھمتۍ یِم تس تیٚلہِ تہٕ بڈین ڈاکٹرن ہندِ لکھو تہٕ جادہ مازان آسۍ۔ اتھ منز کوتاہ اوس شنکر سندِس علمس تہٕ تجربس دخل۔ بہٕ ہیکہٕ نہٕ اندازہ کٔرِتھ مگر تسندِس خوش خلقس، تسنزِ دردمندی تہٕ تسندِس شفقتس اوس اتھ منز واریاہ اتھ۔ کم سے کم چھہٕ میون تاثر یی۔ یُس زن پانہٕ تسند اکھ بیمار اوس۔ عوامس منز یُس دستِ شفاہُک ہوا ہوا چھہٕ، میٚہ چھہٕ باسان سٕہ چھہٕ تلمیحی زبانی منز یمنۍ خصوصیتن ہُند اظہار آسان۔

# نم تہٕ ماز

وارِیاہ کالُک ووت میٚہ سنٛز کران یہِ کتاب چھاپہٕ۔ پوٚز فرمتھاہ آیم نہٕ ژاہنہٕ۔ کُنہِ نتہٕ کُنہِ گیرِس سٟتھ رُوُس دوٚہے آوُر۔ کُنہِ نزِہ واتہِ کور اِنسان۔ تہٕ پوٚتُس یتھوُی بےٚ وقت کدِتھ بیوٚتُھس کینٛہہ کتھ ژارنہِ، میٚہ زن توٚگے تہٕ زوُل دِیُن زِہ ژادِہ کیاہ تہٕ تراوِہ کیاہ۔

ژوٚک موٚدُر — یرُن تہٕ تمُن — زِندگی ہُندی زِہٕ مزِہ، زِہٕ روٗخ — نشہٕ اُسِتھ تہٕ بیوٚن بیوٚن تہٕ یم پننہِ پننہِ جایہِ میٚہ دوشوٚے ٹاٹھِ چھہٕ۔

میانِین کتھن منٛز وُچھو توٚہیہ نوٚی زندگی ہُنٛز آیہِ گرایہِ تہٕ سُرٛ۔ اَتہٕ ہیرِٚ خوابن ہُند دوشلُن تہٕ نگینی۔ تہٕ سٟتی یہِوہ تو ہِہ میٚدبن تہٕ داُدی لدن ہُندِیہ باکر، تہٕ باٗلچ بوٗے۔ چھوکن

پیٹھ پیش کران تہ اُسی چھ حیران گژھان زِ انسانی لاشعورک سنبر کوتاہ مُقدس چھُ۔

شنکر رینہ سندین کہانین ہُند ماحول چھُ عام طور ہسپتالن ہُند تہٕ پیٹھ فضا آسان۔ مگر سُہ چھُ اتھ منحوس فضاہس منز فنکُ ژونگ زالِتھ زوُل کران تہ ہاوان زِ انسانی نفسیاتکو تہہ کاٗتیاہ سُنز تہ کاٗتیاہ پیچ دار چھ۔ تمُسندی کردار چھ جسمانی طور میٚندی آسان مگر تہندی جذباتی تہ ذہنی کیفیت چھ کنہِ کنہِ وِزِ انتہائی جاذب نظر آسان۔ شنکر رینہ چھُ امی تعنادُک فن کار تہ تس یم تجربہ اتھ ماٗدانس منز حاصِل سپدمتی چھ، تمو چھ تسندِس فنس امتیازُک وُشنیر تہ حقیقت پسندی ہُند لمس عطا کورمُت۔

شنکر رینہ سندِ فنُک بیاکھ پہلو چھُ تسندی جزئیات نگاری۔ زندگی ہندین لوکچن لوکچن کتھن منز چھ سُہ بڈین رازن ہنز آینہ کاری کران تہ یہ عین جزئیات نگاری تہ مُشاہدچ واقعیت پسندی چھ تسندِس فنس دِلآویز بناوان۔

شنکر سندِ کہانی کاری ہُند بیاکھ تھٔکنُ لایق پہلو چھُ تسندی سادہ، میٹھ تہ سرل زبان۔ شنکر چھُ وُنہِ ڈاکٹری ہنزہ کتابہ پرنس ہیتھ تیوتاہ آور زِ تس چھنہ انگریزی یا اُردو افسانہ کتابہ پرنس واریاہ آمُت۔ سُہ چھُ پننہِ فطری وِزِ کنہ کہانی لیکھان۔ اَوے کنہِ چھنہ تسندِس فنس یالہِس پیٹھ کانہہ دوپر فنکار ہنز ژھلے تہ گراے باسان۔ اَمی چیزا چھ تسنزہ کہانی خالص کاشرہ بناومژہ۔

(محمد یوسف ٹینگ)

یوان لیکھنہٕ۔ تہٕ لیکھان ترِ چھُس ادَے، یُتھ پَننہِ قلمہٕ سیتۍ سماج نوشُوِن
ترُس دِتھ پاکھ کڈٕ۔ یُتھ بُت راٗژ پیٚٹھہٕ دَگی گژھہِ۔

کاٗژاہ اَسہِ اَشناوی چھہِ میاٗنِس قلمس تہٕ ڈاکٹری ہُندِس نیکِس
نم تہٕ ماز۔ وُنکِین چھُس ڈاکٹری ہُنزی سارِی کھوتہٕ تھزہِ ٹریننگ ——
سیتۍ اوُر۔ تہٕ پانسَ پتہٕ چھُس تو ہہِیم کینہہ افسانہٕ ہُس تراوان۔ بَڈہ
چادِ روزیم یِی یوزنگ زِہ تو ہہِ منزہ کاٗتھاو یِرزہ نوو میانِین کتھن منز
ینن پان ترِ کیازِہ ساری کتھہ چھہِ تہٕنزی۔

یوٗتُس چھہِ ریتھ زِہ یہ کرہ تمن سارِنی تھدِہ پایہٕ کین ادبِین تہٕ دوستن
ہُند شُکریہ ادا، یمَو یِنُن موکُل وقت کڈِتھ میانِہ کتھہ چادہ سان بوزہ تہٕ
پسند کرِتھ۔ مگر رِوایژ چھنہ میہٕ نوش —— ترِ کرِتھ پرنسپل کول، دیناناتھ
نادِم، علی محمد لون زانن میہٕ تیٚلی یِیلہِ یہ یُوتے اوُس۔ تمِن چھُناہ پتاہ
میاٗنِس دِلس منز کیاہ چھہِ تہٕنزِہ خاطرہ۔ دوفی کرہ ہاینِس یارِس
شری سنتوش شند شُکریہ ادا، یمَو بڈہ لولہِ سان یمہِ کتابہِ ہُند خوبصورت
رنگین کوَر بنوو۔ مگر تمَی نیہِ میاٗنی شکل ترِ بناوِتھ تہٕ زونُن میاٗنِس بتھس
پیٚٹھہٕ بجر اَسِتھ تہٕ کوتاہ وشینر چھہِ میاٗنِس دِلس منز۔ بنسی نردوش
تہٕ محمد یوسف ٹینگ صاٗبن کیاہ وَنہٕ، میاٗنی دوست، میاٗنی ہمدم،

ہُنزِ دگِر ہُند شہلُن۔ زیٹھو تہٕ اڈٕ فوٗڈٕ دوٚش تہٕ ساسہٕ بدٕن
دأدی لدان ہُند اڈٕش تہٕ چکہٕ بوزان۔ بیمار، یمن سیٹھے بہٕ راتس
دوہس آسان چھُس۔ آوسے ہتی، کھوژہٕ ہتی تہٕ دگِر سیٹھے پیرہٕ آمتی
ہتھی پھیرِ، وُدلی تہٕ کنہٕ ترٛکری تہٕ بیٚنہِ طرف سبزراہ تہٕ پیٚزراہ —
... .. ... ... ... ... موٗمُم شرٛی ہیوی، یم
کھوکھہٕ مُتس کھوژہٕ ہتی تہٕ تقاہری ہتی آسن!

اتھ منز تہٕ ژیوٗن میٚرزہ یہٕ دگ للوان تہٕ آسہٕ تمن مایہٕ تہٕ
محبتکی اگری ہکہٕ دِدان!

اُسی تن دود۔ کوتاہ سِیاہ تہٕ منحوٗس اِنسانی خلوص تہٕ
بولکہٕ اگرو چھا نانہ ہوکھتی — تم چھہٕ وُزان روزان!

تہٕ یہٕ کتھ وُچھی میٚہ سارِنی جاین ہشی۔ نتہٕ دود وُچھہٕ میٚہ
ژواپارِ — سارِنی پننہٕ پننہٕ رنگہٕ کٔنہِ — دوٗربر تہٕ دگ —

یِہے دگ تہٕ گٔنہِ ہسنہٕ ہبتہٕ چھُس بہٕ یمنی دأدی لدن
ہُنز کتھہٕ لیکھان — دأدی لد، یمن بہٕ ڈاکٹر چھُس۔ تِہنزِ دگِر
شریک۔ اکھ عجیبی پانیار۔ تہٕ یتھوی بہٕ تمن نوٗسمین موکھہٕ ہائوِتھ
دگ چھُس شہلاوان، مینہٕ چھہٕ باسان وُنہک بہترین شاہ پارہٕ چھُ

# لوکچہ لوکچہ کتھہ

راتھ یتھ سارۍ نِ زُود ہنا لاجےین، ژیتھ رود زیبہ نہ

راج ناتھس کانہہ برانٹھی زِ پگاہ گیاہ آسہِ نہ دوٗر۔ مگر شام

شاہی گوٗنڈٔن نیس نار تہٕ سوٗرُدی اوبرٕ نیوٗن ژٕٹھتھ تہٕ لاتس دٕراد

تارکھ نب نوٗن۔

زُود ان، اُس سارۍ سی اندی کھس تراُو تھ ہش پیر نامزٕ۔

خوہ یارس ہیوِس مجلس منز تہٕ ییتہٕ وندس اندر تہٕ دَم اوس آسان،

اوس از شہل تہٕ نم دار ہوا یُگہ ہر ہر گرٕ تھ دسان۔ راج ناتھ

اوس از دہ ہس ٹھکتھ آمت تہٕ بیچھوو پینز کنز ڈ بہ پیٹھ شونگنہ

مگر نندر آیس نہٕ کینہہ ———— راتھ باسییہ تمس اوٗدر

مس مٔژ دِتھ دھار بنہِ ہش تہٕ ییٚلہِ پٔرھ راتھ اُس آسان، راج

یھندِ دَسہ یہ کتاب میہٕ پتھ اند واٗژ!

چنڈی گڈھ (پنجاب) اپریل ۱۹۶۴ء
پوسٹ گریجویٹ انسٹی چیوٹ

شنکر رینہ

# فہرس

ہُندی حُباب تہٕ ارمان وزان... ... ...بیٚنبن ہنز شفقت
تہٕ ماجین ہنز مائے شولان۔ "
راج ناتھس آسہٕ نہٕ یہ کتھہ ٹارِہ کھسان تہٕ کیازِہ موتی
لالن اُس لوکچین لوکچین کتھن پیٹھی زندگی راوِرمژ۔ سہٕ کیاہ
زانِہ ہے دُنیاہ کوٚت پھر و دِمُت ـــــ راج ناتھن اوس
دُنیاہ وُچھمُت ــــــ سہٕ اوس پانژہ وُہری ڈاکٹری پاس کرِتھ
کشیرِ توٚرمُت۔
دُنیاہ اوس تیوٚت بدلیومُت، مگر اُسی نہٕ کینہہ۔ اُسی اُسی
گھرہ تہٕ تہٕ بیرہ تہٕ ییتی۔ زن اوس کمہٕ تام گُریلہ گنڈ تھوومُت پھرِتھ
... ... سہٕ اوس وِزِہ وِزِہ گھرہ کُن وِنان ـــــ
" نان سینس ( Non-Sense ) تہٕ ہے چھوٚہ کانہہ
کتھاہ بنیہ امہٕ رٕوس رُوزمژ۔ ینہٕ بہٕ آس، تنہٕ دوت میہٕ یہے
کتھہٕ بوزان ـــــ اَڈہٕ گوم بلبنہٕ گاشہٕ ہیوٚتھ دِیُت کم ... ...
نِکٹس میوٚلمُت نہٕ وقتس پیٹھ فیس ... ... ہاکھ گوٚ تکرِ پن ہیوٚ۔
تہٕ ہے چھوٚہ دوٚہی دہہس اُتھی گِل گوشس آسان۔ امہٕ رٕوس
رُوزنا بنیہ کہنی کتھ۔

ناتھس اُس نہٕ کینہہ نِندرٕ یِوان۔ ترِ کیازِ راجَ ناتھ اوس اَنہٕ ہور۔ ہُپیارٕ اوس محلہ زن وۄسِہ آمُت۔ کھاندر موقع اوس تہٕ کھاندرن اُس گرٕ بکہہ لگجٕہ۔ مجلسی منز اوس دۄن ژۄن گرن تہٕ یموی اُس نۄ نرشے تہٕ پرازٕ دۄیہ لاگجٕہ۔ تِمو اوس تمبکہ نارِ ہ وائی وائی تہٕ گبوی گبوی محلہ تُلمُت نکھس۔ راجَ ناتھس آسہٕ نہٕ شرٕ دمالہٕ ترٕ کوکہٕ مزٕر خوش کران —— دۄیہٕ ژدرِ پیرٕ اُس تس موتی لالس سیتی ترِ اُتھی پیٹھ لڑائی گامژٕ۔

"ناترٕ واتو کوٗت اُسی۔ زمانہٕ چھُ یوٗت برۄنہہ پوٗکمُت۔ اُسی چھہ وُنہٕ تُتی۔ کانہہ بڑ کتھاہ کراہ اسہٕ —— اُسی واتیاہ ژوٗنٕ پیٹھ —— اسہٕ ترا اُڑیاہ راکٹ —— اُسی چھہ اُتی ہتی تمبکہ نارِ ہتھپ کرِتھ۔"

موتی لال اوس تورہ مُسن کھنگالہٕ ژھنِتھ کاوِہ گاہٕ جاد ونان، یُس نہٕ راجَ ناتھس ہرِ بوٗنی وسان اوس۔

"ژیٚر کیاہ کرُتھ ڈاکرٹی۔ ژیٚر دٔپتھ دُنیاہ چھُ یوٗتوٗی۔ ژِہ ہا چھُک تمبکہ نارٕ ہندٕ ڈُب ڈُبوٗی یوت وُچھان —— تیوٗ توٗی ما چھُ۔ یمہٕ ناچھنہٕ تمبکہ نارِ ونان۔ یم ہا چھہ لکن

"از دوہس گژھو نشاط ـــ" تمُ سُنْد پانسی ہیتی۔
"خبر پیتہٕ کر ییہ فُرصت !" پچھس دِتُن فشاہ تہٕ سوُٹھاہ ژِھنیتھ
دراو مہرازہ ہیُو گھرٕ۔

آتوار اُس پھٹنس آمُت۔ سخ خلقت اُس وتِہ۔ لُکھ اُسی
زأنہٕ ہیٚنْد، ہیٚنْی زن دوران۔ راج ناتھس گژھ لُکن ہُنز یہ کتھ
آنِہِ زِہ توتہٕ ریچہ یُتکی لوکھ تہٕ ہفتس منز اکِہ دوہہ پنُن نبوآلبو
منزہ نیرِتھ بہار چھاوان۔

نشاط اڈس پیٹھ اُسی بےشُمار لُکھ . . . . . . لُکہ اِدرِساقاہ
اڈس بسن ہُرادان۔ یوہُ گاڑہ اُسی لُکھ دورِہ تہٕ دوڑہ گژھان
الأنڈی کٹن ہُندی پاٹھو۔ اکھ اکھ گاڑی اُس نیران، گُر رٹش
اڈس پٹھان۔ جوان تہٕ ہبسکہ ڈالی اُسی گاڑین کھتی ہیتی۔
پتہ کُن اُسی دوہ نی شُرہ ڈالی تہٕ بُجہ داری پاتی رُد دی ہیتی۔ یا
سوٗٹھ بوٗٹھ لأگِتھ جنٹل مین (Gentle man) راج
ناتھس ہیوی، یم زن لوٗبی تماشاہ وُچھان اُسی۔

آخر کھوت کہُ تانی راج ناتھ تہٕ گاڑہ۔ مگر سُہ کھوت
دول رُٹِتھ، یتھ نہٕ پتلوٗنس کُرُیہ پھُٹِہ تہٕ تمی ہیچ نہٕ تس سیٹ

ماجِہ اُسِس شعوٗر زَدِ ہش گژھان تہٕ ہانگل سِندی پاٹھو اُس مُتھِس لگان وُچھنہٕ ۔ فرٛنتہٕ ونان اُس ——— " امہ رٕنٛدِس ترِ چھا بییہٕ کانٛہہ کتھ ۔"

ہسپتالس منز ترٛاوِس سہٕ دٕوہی دوٕہس یِمے لوکچہٕ لوکچہٕ کتھہ بوزان ۔ نصف زِیادہ بیمار اُسی تمِس پننہٕ گرٕ کانگرِہ نالہٕ ژھنان ۔ ٹوٗکہ اُسی لوکچین لوکچین کتھن پیٹھ چینٛنہٕ پھیرِ ترٛاوان ۔ سارِی اُسی تمِس پننہٕ دلاٗدہ یژھان باوٕنی ، یِمن سیٹھہٕ تس کھٕٹٕنی دِل چسپی اُس ۔

ییتِس بڈِس دُنیاہس منز اوس نہٕ تمِس کانٛہہ یِوان بوزنہٕ یُس تِسندی پاٹھو سونچہٕ ہے ۔

یی سونچان گیہٕ تس ساری راتس دوٕہ سہٕ راتھ ۔

مُبچکِہ موقعہٕ کِجس اُچھ پیٹھ اُچھ ۔ یَیلہٕ ہُشار گو ، دوٕہ اوس کاٗجِس آمُت ۔ تاپہٕ اوس ڈُبہِ نبر دژرامُت ۔ تمہٕ کوٗڈ کاڈاہ تہٕ ووٗتھ تھوٗد ۔ روت ونِندرِہ پتہٕ اوس تمِس اُچھن غبارہ ہیوٗ وٕرٕدٕسی گنو دِژن نظر ——— کوہ اُسی وٕتھمی ، مگر تاپہٕ اوس توٗت ۔

اَدٕ مِیّٚہ چھےٚ ذرٕہ ذرٕہ گژھان بچارِ ہٚند۔ پانٕژھہٕ نیچوِ
اُسِتھ تہٕ گوس کھکھاس۔"

"پنُن نہٕ تگُن۔ نگِہ ہس ہےَ لولِ لولِ رَچھِ ہَنس۔ ییٚلہِ
رانٕٹس ہِش اگادِ گیکھ۔ تِم ژٕلہِ من نہٕ زنانہٕ ہیٚتھ تہٕ اَدٕ
کیاہ——"

دٔیم زنانہٕ گیہِ دَم پھُٹہِ ہش ... ... نجر کیاہ پیوٚ تٔسَس یاد
تہِ پینٚتی کھنٔڈی وُژھ زاُوی جارہ سان ——

"ہتہ بی پیتہٕ مار تم۔ مگر یہِ مٲج بچاژ ہبی چھےَ آسان بانہٕ
کراجِ بانہٕ پھوٚت ژھُٹن کنِتھ، پتھ زن کہیں چھُس نہٕ آسان۔
دُچھٕری برد نہہ کنہٕ ماچھم، تقصیر ہبی چھُس نوش نیچوِسی۔
نیچوٗ اُسنہٕ سیٚتہ کیاہ گوَ۔ نیچوِ ہبی گژھن پینٚز!"

بیٚنِس بچہِ ژٔول کھٕرِتھ کھٕرِتھ کرِتھ اُسُن ییٚرِتھ، یُس
تمہِ یُژ کالکٕ ژٕٹھِتھ ادس تھوٚو مُت۔

"ژٕے چھیہِ تی وَننیُ۔ ژٕے مینِتھا کم تلِہ بچہِ نوشہِ سیٚتی۔
پیٚنہِ تَس نیچوٗنی ہےَ وقتس پیٚتھ، کاژ کرِیوتھس بچارہ—"
بُڈٕ گیہِ چھتہ ہش۔ گلہِ زلوگیس تہٕ وٕژھس——

تس پیو سۍ منز س ووہ ونہٕ ووزُن۔ کلینزن ہرٕ نفر کٹن ہُندی پاٹھو سۍ ژبلہٕ ژیل گیہٕ تہٕ گاڑہ پچہ نہ ووہ ہُندی پاٹھو رسہ رسہ۔ یِم رِسیٹن پیٹھ اٰسی ہِہتھ، تِم اٰسی مستے ہتی کتھن۔ تِمے کتھہٕ — یِمن سیتی راج ناتھس سۍ نفرت اٰس۔

دُچھنہٕ رسیٹہٕ پیٹھ آسہٕ بُجہ بوراہ ناستہٕ مُشکاہ کرِتھ سارِی سی مجلس اکِہ دلہٕ کڈان تہٕ بیٚیہ لاگان — "اَدہ چھےَ فلانس رِنس سیتی وُژرے مژ......اَدہ چھ مُفتانِس شُرِہن سیتی فساد —" تہٕ راج ناتھن سوٚنچ اَندری۔

"وَن بی کیاہ گوٚدہ......کوس چیٚنٹ چھوَہ مُکہ ہُنز — ییٚنی ییرہ کھاٰر گڈِو کُھر —"

تُہنز کتھ بوزِتھ اوس تس اُشن تہٕ یوان تہٕ دُدان تہٕ۔

دُچھنہٕ آیہٕ بہتھ بڈٕ وُژہس — "اَدہ بی تہٕ کُدہ مال کیاہ چھےَ ونان، کُدہ مال ؟"

"ونہٕ کیاہ بی ؟" وٚدتھس سہٕ چیٚمہٕ خمہٕ نیٚس سیتی اٰس کھیوان گاڑہ بُزی بُزی، دُنیاہس اٰس ہیٚڈان تہٕ اَدہ قوٚدرتن کوٚرنس ژیٚتھ لیٚتھ نہٕ بُتھ دِنہٕ لایق رُوزنہٕ۔"

.. "مزہ ہیٚہ کأفی۔ پوٚز ہیٚے کتھ تہ سوٗ یہٕ... پأنہٕ تہٕ بے... "

"چھُنا سپدان۔ میٚہ چھُ پانس داریاہ پھیرِ سفرس منز پأنسہٕ گوٚمُت کم۔ مگر یہٕ دایہٕ کیاہ چھُ۔ توٚہی نیوِ میٚہ نِش، پتہٕ سُوزِو میٚہ بمبئی۔ یا گوڈٕ میٚہ پانس تہٕ توٚہہِ نِش یِنُن چھُ۔"

"کیازِ؟"

"پِیتھے ... ... میٚہ چھُ اِرادہ بمبئی منز کارخانہ ترٲونس۔ تہٕ تیتھ کرِتھ چھِم لائسنس وغیرہ ضرورت۔"

تہٕ تمِہ پتہٕ کرٕ تمو کینہٕ تلی سُسرِ گسُرہ۔ راج ناتھن بوٗز نہٕ تہٕ کینہہ۔ تہِ کیازِ سہٕ اوس لالہٕ نہِ کولیہِ وُچھان، یوسہٕ لالہٕ نیو کتھو بیتھی سنخ بورأس گمژٕ۔ تہِ دِژ لالس کھوٗرنکل تہٕ ووٚنُن تمِہ ژکرأوِتھ ——

"ژیٚہ رُوزی نا بیٚیہِ کانہہ جاے یمو کتھو خأطرہ۔ کہُ تانی، کہُ تانی آیہِ دوٚن ژوٚن دوٚہن یور تہٕ یٔتہٕ تہٕ ہیو تیتھ ژیٚہ بِزنس رُوٗکھُن۔"

تہٕ لالہ دوٚتھُس لوتہِ زن تمِس، کارُوبارُک زأوِی جاے اوس فِکرہ تاران ——

"یہِ چھُ بڈٕ فایدہ مند انسان —— قوٗدرتن سوٗز ——

اَدِہ گیٖہِ تہٕ گژھن تن۔ میٚہ پوٚت تام نکہ چھُہ، میٚہ چھا پر والے۔"
راج ناتھس پٮ۪چ دِس گرائے ہشہٕ پٔرِتھ گھرس منز آسہ پیے کتھ۔
ہاکہ والین نشہ، دودہٕ والین نشہ، یارہ ملس پیٹھ —— تہٕ تمی سوٗنچ
—— بیٚیِہ چھنا ییٚن کینہہ کتھ؟

دُچھنہٕ سیٹھ پیٹھ آسی تریہ نفر ہیتھ تہٕ ترٛیشوے آسی وزیر۔
دارِہ تل آس سُندر مال ہش کز اکھ تیراہ۔ تہٕ کرینہ جار جٹ
پکون منز آس سوٚ نارہ وُزہ مل ہش باسان۔ نوٚو نوٚو مۍ اوسُن
کھاندر کوٚرمُت تہٕ ظاہرا آس "ہنی موٗن" (Honey moon)
مناونہٕ کشیرِ ترٛٲمژ۔ تہٕ کیازِہ زِنی موٚنڈاہ ہیو لالہ اوس تس نشہ ہیتھ
یس کوٗ سوٚ پھیری پھیری دُچپان آسی۔ مگر لالس آس نہٕ تس
دُچھنس کینہہ فرصت۔ تہٕ کیازِہ سُہ اوس بیٚیِہ طرفہ سوٗرتھ بوٗکھ
ژھنتھ اِنسانس پیٚہ زِہ ناوِچ کوشش کران۔
"توٚہی ما چھوہ میٚہ دہلی منز انڈسٹریز سیکرٹیٹس منز دُچھمتی؟"
"اٚں بو چھُس تتی سپرنٹنڈنٹ۔"
"میٚہ دوٚپ میٚہ مالِچ غلطی... کیتھ منزہ آو کشیرِ ؟"

"ژیٚ بُوزتھاہ میأنی نوٚغزل ؟"

"کیاہ کرہ ہا بُوزِتھ۔ تتھ منز چھا کانہہ نوٚو پرآسان۔ ہیوٚ راتھ چھےَ چھُتر سانہِ گاٲمژ مُشِتھ۔"

"اَہنوٚ پتاہ چھُم۔ مگر اگر ژٕہ میأنی غزل بوزکھ یقین چھُم ہُژی ایکھ —— تصوّر، عشق، جذبات۔"

"کتھو کھیتھ کُن !"

گوڈٕ ژٕہ کیاہ زانکھیم زاٲوی جار۔ ترٚیٚ[۳] وُری ترِ گےٚ ژٕ کھاندرس ترِ سٔرُوتادِہ کرٚی تھس ناٲلی۔ زٕہ وٚکٕ مال ہِش زنانٕ کرٚ تھن صنایِ۔ کاژِھ چھُ لتس کوٚرمُت۔"

"کیازِ چھُس کاژ۔ تمِ پیترِ وُچھوَنا ووٚنی ژٕہ کیاہ کرکھ ؟"

"بٕہ تھاوِہ ناکھ دولِ سارِنی۔ کوٚہ دامنس تلِ سندِھ ڈُندِس بناوِہ اکھ لوٚکُٹ موکُٹ ہجراہ —— یتھ ژٕہ واپأری پوٚشہِ وَتھرِنی آسن۔ یتِہ پیٚنہِ پوٚنپرُی آسن گتھ کران۔"

بِلیٚہ ژٕرِ ٹس کتھ اُڈی۔ "تلا ترٚاویم دوٚہلِہ خواب وُچھنہٕ۔ ژیٚ واٲژی وُمروناں یی۔"

"ترٚیٚ چھیٚہ اَپُنہٕ گرژھان۔ میٚہ ہا چھوٚی جلدی نیتھر۔ . . . ."

تس زن لوٗگ کوٚہ تِنتالہٕ پیٹھہٕ دَب تہٕ زن آو ڈُلہٕ لاینہٕ —
دوٚشوٚنی گیہٕ ژھوٚپہٕ۔

ییٚتہِ ہِن دوٚن سِیٹن پیٹھہٕ اوس اکھ پوٗرہ ٹبراہ بِہِتھ تہٕ زنانہٕ
اُس کلینرس وُتھ والان۔ کلینر اوس یژھان شُرین ہُنز سیٹہٕ ژٹنہٕ
تہٕ زنانہٕ اُسس نہٕ مانان۔

"نبا یِم ہَے میٚہ کوٚٹھین پیٹھہٕ چھِ رٹِتھ ... بیٚیہٕ چھِ کیتہٕ یِم؟"
کلینرن کوٚر بُڈِس ہیوٚرِس ہیٚچھرِس نرِہ تھپ۔ "وُہَے یوٗت ہے
بُڈی سِنز جاے چھُ رٹِتھ ... تہٕ باقی تہٕ چھِم ڈُنبہٕ کھٹہٕ ہیوٚرِ"
زنانہِ نوٚم شُرِس واپس۔ ژریٚ کٹھ ٹُھکے اُہِندہِ اُچھ۔ یِم بچارہٕ
آیہٕ شگناوُن تہٕ وُژھ ہریٚنس کُن — "گوٚڈہٕ نِے ژریٚ چھوی ..."
کلینرن ہیٚلہٕ وُچھ دوٚن ہر، سُہ ژوٚل نوٚتوٗی۔

رُون اوس کوٗنس ژامُت۔ مَلہِ کرُث لٹھہٕ قمیض ژھنِتھ وُتھ
سُہ تِہتھے پانٹھی، زن صاحبس نِشہٕ پیٚشی اُسس۔
"دوٚنی کُس گناہ کھوٚتمُ۔ تیٚنزہٕ اَسکھ لوٗکن کُن وُچِھتھ وُہِی تہٕ
دوٚہش تراوان۔ یِمہٕ رٹہٕ اوسُم بوٗڑھ اَنُن۔ سُونچُم تتھ ورِتش کڈہٕ

سو چھے ژُو گالنس پیٹھ تیار۔"

بیٔس ریوٗ ٹھوٗی نہ ——"او۔۔۔"

نہٕ ہے چھے کوٚنگہٕ تہٕ ژھہِ ہش۔ میہ چھُ باسان زِ ن بہ واریاہ کالِہ پیٹھہٕ تمُس پرٛاران اوٚسُس۔ دوٚہے چھہ میہ برٛ نٛیہ کُجن تل پرٛاران آسان تہٕ میانہٕ وتہٕ وُچھان آسان تہٕ یتھوٗی بہ برٛونٛہہ چھُس پکان، چھُس کھسان ووٚشلنُ تہٕ نارٕ چیاٚژہِ ہش چھس دوٚ بتھان۔ مگر بہ نا چھُس ہیکان کینٛہہ وٕنتھی۔"

"ژٕ نٛیہ ہِشہ کوٚ کرِہ ییلہِ نیوٗر کھینیہ ہن تیٚلہِ کیاہ اوس؟"

"نا یوٚت یوٚت تانٛ چھُس انان دوٚہے مگر تس نِش وائتھی چھُس تِیر ہیوٗ گژھان ینہٕ تھہٕ۔ اکھتوٗی مانزٕہ ہن سہ ژٕہ ——

چانہٕ محلہٕ ہے روزان چھُ"— "کوٚسا؟" "وٕ تھُس بیاکھ

"سو ہا چھہ تھز تھز انزنہٕ گردن کرِتھ۔ نا وچھُس رٕاجہِ۔"

"راجہِ ہا راجہِ؟" — تہٕ تمہِ ژھُن ٹھاہ ٹھاہ کرِتھ اسُن۔

تہٕ بیاکھ نفر گوٚ ہیہ بنگ ہیوٗ۔

"سو ہا چھے تہٕ نٛیہ کجُن تل ٹانگس پرٛاران۔ سو چھُنا رِنٛز دارِہ ماسٹر باے۔ سو ہا چھے ترِبن مشرِن ہنز ماجی۔"

تمہِ تجُہ نرہ۔ کھوتہِ اندر اَسس بھتہِ ناٗن تہٕ سہ آیہِ وُکراونہٕ

تہٕ پھیر ڈُبہ۔ سورُوی رس پیوس پکون۔ تہٕ ہیٚرہِ پھٕن گوس رسہٕ سیتی

شُران۔ یتھہِ پٔتھ آو ڈھکنہٕ مُژراونہٕ تہٕ سورُوی بھتہٕ تہٕ توٚت

توٚت روغن جوش آو ساٗرسی گاڑِہ ژھکراونہٕ تہٕ دونوَے

باٗژ لگی اکھ اَکِس وُچھنہٕ۔

ہیتھ کتہِ اوس نصیبہ۔ اکھ ڈرایے یکھ چکرس، بیٚیہِ کھیٚہکھ

چیٚہکھ بختاوار چھہ آسان الگی۔

گاڑِہ منز اَسی ساٗری ہمن کُن آرہ کتھو اُچھو وُچھان تہٕ

شُرہ بو اوس ہُوی تُلمُت۔

گاڑی واٗتہٕ نہرو پارک۔ راج ناتھس اَس یم دِتہٕ سیر

بُوزی بُوزی میٚنگہِ دگ وُژھمژ۔ تس آو جیرہ تہٕ شُہ وٚتھ لوٚن۔

گاڑِہ منزہ نیرِتھ دوٚتھ تمِس سیٚنہٕ پٔتھ بار ہیوٚ۔

گگرِہ بلہ تل کرٕ تمہٕ سُپرنگ شِکاری۔ شِکارِن اوس کاٗفی

چلے جاوٕ۔ کاٗفی لُوکھ اَسی شِکارِن منز۔ مگر شِکارہ منز بہتھ باسیو

تمِس پنُن پان کنوی [موزوٚن] تہٕ کیازِہ باقین شِکارِن منز اَسی عموماً زِہ

زِہ باٗژ اکھ اَکِس سندِن خوابن منز راوی متہٕ۔ یتھوی کانہہ شِکارہ

زڈ... تۄہِ تی کر چھوہ نیران پھیران۔"

زنانہٕ پھیرُ وُٹھن اسنہٕ موٗ یاہ۔ "نہٕ کیاہ تانٛ ڈُلیل چھے..."

تہٕ بیترٕ وٛونُن لوٗتی رِسِنس کُن ——— "بیٹھ ڈٔنک چھہٕ بنیوٗمُت۔"

مردن ترٛوو ووش۔ "تیوٗت کتہٕ چھم نصیبہ!"

"تیٚلہِ چھے کیاہ تانٛ دلیل۔ ژٕہ گوکھہٕ بیتھ خرچ کرن وول۔"

"کھیں نہٕ ساری وُچھم نیران پھیران۔ میٚہ دوٚپ اسی کراہ ژوٗر

——— راتھی فورے یم اُچھو۔ ییٚلہِ ییٚلہِ ژٕہ یژھ ہمدردی چھُھم

ہاوان، تیٚلی چھُم وسان درُور۔ بوٗکٹس چھوٗی سورُوی پار گوٗلمتُ

قیمضہٕ یکو چھوٗی نہٕ نٲلِ۔ شرُی چھم نبتھہٕ نٔنی تہٕ ژٕہ دٕراہم سیلن۔

شوٗبی نا—— ژٕہ ادٕ سکھ دوٗہے یتھوٗی وُترہ کھوٗوُر۔ تمس ماجہ

موٗنڈلہِ خبر کیاہ وَنِے یم۔"

"میٚہ کر میچ نتہ مزُوری۔ یوٗزٕ باجی کتھہ متے یکھہ۔

"ہیٚمے تمس سٔتن لبن دوزُرخ۔ یتہٕ چھے تہٕ تتہٕ۔

"تمہِ کیاہ کوٗرُوی بچارِہ۔ ژیہٕ چھوٗی یمن باین گنٛدرِن ہنٛد

نشہٕ تہٕ یہٕ واٲلو تنےٚ قوٗدرت۔" زنانہٕ گیہٕ نار و نار۔

——— "میانہِ بایو کیاہ گوٚومُی ——— ہنُی چھوٗی ناکانہہ!"

ناتھ رُود ہوٹلس منز۔ تمِس اُس رُودس ستۍ سخ ژکھ۔ یہِ چھُ سارِسی چھیرہ والان۔

"غیر کم شکِس لد دٕرایہِ جیکرس تہٕ اوٚن نکھ رُود۔"

رُودہٕ گھنٹاہ پتھ دٕرایاو۔ مگر وُنہِ اُسی فیری پیوان۔ راج ناتھ کھوٚت ہیٚیوٚر کنُ تہٕ سۄ گوٚ بیران۔ اترِ اُسی باژ جوراہ بہتھ کلِس ژھایہِ رُود چھاوان۔ تمِن گوٚ بُزِ باسی راج ناتھنِ پکنک۔ تمِن ستۍ اوس ٹرانسِسٹر ریڈیو، یُس ناوٕلس منز دِسہٕ دِسہٕ ساز اوس دِہراوان۔ زنانہٕ اُسی پلو رُودہٕ ستۍ بچرِنی لایق گامتۍ۔

"ژٕ کیاہ مزٕر کوٚرنے اژ رُود چھاو نکھ؟" وٚوتھس مرد اسان اسان۔ زنانہٕ آسہ مژھ نئی ... "میٚ چھوٚی زیٚنک زیٚنک رُود سخ خوش کران۔ یِتھوٚی یم پھیری نٕنِس بدنس پیٹھ پیوان چھہٕ، میٚہ زان چھہٕ بجلی تارہِ ہِش لگان تہٕ رُودہٕ چھاژ میٚہ ییتھی یتھِس چھہٕ پِوان سپادان۔ زنانہ وژھ ہنا لوٚتہٕ لوٚتہٕ مند چھان مند چھان۔

"میٚ چھُ باسان زن ژہ میٚہ ماے بران چھکھ!"

"ژیٚ چھیہِ مزٕر ـــــ پتہٕ ہیٚے تپ تیٚر کھسی، چھُم پتہٕ رون۔ رٹھہِ ژھن کوٹ میون ـــــ"

اُس پکان، سہٕ اوس حیرتھ سان تتھ نظر ترٲوان۔ مگر دۄیمی برٛنزہ اوس سونچان۔ نیتھر گوَ پکھن ہُند گنڈ۔ تہٕ اَتہٕ ہور گو وُڈُوٗن جاناوار۔ مگر خبر کیازِہ باسیو تسَ زن سہٕ پاٚنی پانس اوس باٲنہی تاران——

ڈلُک آب اوس اُتہٕ پیٹھِ پاٚٹھ ناٲپان۔ تاو اُس گیوَن لہرٕ ہُندی پاٚٹھ ریسہٕ ریسہٕ پکان۔ تہٕ تمِس باسیو زِہ زندگی اُس اکھ مۄدُر خواب، یتھ منز ترٕ کہنی یزر اوس۔۔۔ تہٕ لُوکھ اُسی بٔڑ لوکچین لوکچین کتھن پیٹھ متے میتی—— تہٕ تمُ سوٗرنچ——

"میہٕ کوٗر جانی زِہ بسہِ منزہ دۄتھُس۔ پنٛدی نیرٕ ہے تہٕ عز راوِہ ہے۔"

نشاط واتِتھ باسیو تمِس زِہ لُوکھ اُسی ووسنس آمتی۔ لوکٕٹ لوکٹ شُری اُسی یئہ پوشیرہ بن ہُندی پاٚٹھ نژان۔ تہٕ نوِہ نوِہ لوکچہِ لوکچہِ نوشرِ آسہِ ٹکہ واوِہ جبن ہُندی پاٚٹھ دوران—— نبس نیوُن اۄبُر سفید نمدن ہُندی پاٚٹھ واہراوِتھ تہٕ گاشس رۄونسَ تہٕ اَتہِ نس رُودہِ چھکہِ ہنا۔ لُوکن لٔجی چھگ۔ شُرین گیہٕ پلون اُدرِہ کھل۔ وُچھان وُچھان گے ساری لُوکھ غایب۔ راج

"بڑٕ زیر لوگُو تو ہہ!"

تمہٕ بُوزٕوی یہٕ تہٕ ملس وٕونُن زِ ناوِ پکناوٕتھ وارٕ وارٕ۔
ڈل اوس خاموش تہٕ زُونہٕ گاش اوس باسان زن دودٕ ڈُل چھُ۔
کُنہِ اُسی نہٕ ملخ ووٕتھان۔ مُنزٕ مُنزٕ اُس سرد ہوا رِنگہِ ہنا
ترٛاوان تہٕ راج ناتھس باسیو زن تس کانہہ تھوٗپ تھوٗپ دِتھ
نِندرِ اوس ساوان!

دوٕیہٕ ژودرہِ پھِرِ ووٗنُن ملس زِ ناوِ پکناوتہٕ وارٕ وارٕ
یندلی ہی کنھ چھےٚ پیتہٕ۔ مگر تمہٕ زن دِیُت گوٗشہٕ۔ آخر ووٗتھس
راج ناتھ یہٕ ژکراوِتھ———

"ڈوٗپ مےٚ وارٕ وارٕ پکناو تن نلہ"

"نہ حضن یتھ ہےٚ داو ترٛاوی تہٕ سپد کور پوشہِ ملنس!"

راج ناتھس توٗر فکرِ زِ ملن کوٗر یہانہٕ۔ خبر کیاہ جلدی
چھس پانسی۔

"نبا کیاہ تازٕ دلیل چھہ؟"

تہٕ ملہٕ ووٗتھس اَتہٕ ہرشہِ کورہ ہُندی پاٹھٕ وولان———

"میٚہ حضن چھہ اوترہ اوترےٚ کھاندر کوٗرمت———"

"کوٹ — !" تمہِ ژھنُس اُسن تہٕ زن آو سائرٕ سی اِنٛشاٹس
موٚختہٕ ژھکراونہٕ۔ کوٹ ژھنِتھ کرِٛھ گرٛھ یہ ! "

"پرٛھ چھکھ — مٕژ۔"

"اومیہٕ رٕودنہٕ یادٕ ی وَنُن۔ تہٕ پتہٕ کھوٚت تس ووشلُن
تہٕ اُچھوٚ گیٚس تارکھ ہٕش۔

"ڈوپمےٚ ژٕہ چھکھ مول ... بنن ... وول۔"

رُون گوس ہے بٕنگہ ہیوٚ۔ زن ہٕلس پترٕ چھی اُس یوان !
تہٕ تمہِ پتہٕ اوٚس دوشہٕ ی بأژٕو۔ اوٚس کوتاہ تمو ... ..
بال گرٕزےٚ ...

تہٕ راج ناتھن سُوٚنچ — یہٕ کیاہ حرٛراہ — ہم کیاہ رٕچھ
لوکچین لوکچین کتھن پیٹھ متین ہُندی پأٹھۍ اسان تہٕ سُہ ووٚتھ
پوٚت کھوری واپس۔

شام اوسُن ہیوٚ تمُت گژھُن۔ تس باسیو زٕ سورُے ی
کائنات اوس تمسُندِس کٕنٕرس پیٹھ اسان۔ سُہ گو رٕکیتھ نأنی ہیوٚ۔
پیٚلہِ سُہ نادِ ووٚتھ، ژُون اُس پھل ژٕندرٕ ہٕش وٕرامژ۔
تہٕ ملہٕ ووٚتھُس ——

پِتھوٗی مٕلہ نبر دٕزاو، راآج ناتھہ وٕتھُس پورٕے ـــــ

"تلامیہٕ دِہ تار یِتہٕ بتی ۔ بہٕ ہاوَسہٕ پیدل ۔"

ملہٕ وٕتھُس آرٕہ کِتہٕ بُتِھ ـــــ

"نہٕ حض تہٕ کِتہٕ بنہٕ ۔ فیصلہ ہَے کھریاہٕ تانی چھہٕ ۔ میہٕ ہے سیٚح

نوقصان گژِھ ـــ"

"یِم گَے پُورہ پانہٕ ۔ کرژہٕ آرام ... ... ژہٕ چھکھ دوہس

تھوکمُت ـــ"

راآج ناتھن وُچھ ژہٕ ملَس آیہٕ تہٕ یِژھی تہٕ دارہٕ ژرُتہٕ کِنہٕ

اُمس تَس زنانہٕ خوش خوش کن دِوان ۔

پِتھوٗی راآج ناتھہ بلیو وادٕس پیٚھڈ ووت، تِمُس باسیو پٕنُن

پان برہٕ ژھیوٗن ہیوٗ تہٕ تِمہٕ سوٗنٛچ ـــ" آیا یِہٕ کتھہٕ آسا لوکچہٕ

لوکچہٕ کتھہٕ ؟"

تہٕ تمہِ پیٹھہٕ لوٚم تمۍ رفل تہٕ راجن ناتھن تہِ وٚونُس نہٕ کہیں۔
ڈٕل گیہٕ رُٹ ملیٚ اُکس بہتھرِس تل ناد تہٕ وٚونُن راج ناتھس

زِہ یوٚ بچہٕ ہا اکھ چایہٕ پیالہٕ۔

"میٚہ تراو تہٕ گوڈٕ تہٕ پتہٕ یہٕ خوش کری تہٕ کم ـــــ"

"نہٕ جنیٚمیٚ کوتاہ وقت لگی تہٕ سہٕ ژاو وُلی اندر تہٕ راج ناتھ

رُود بیٚیہِ کنُوی زٲون۔ تمِس اوس وَنی ییٚن کُنہٕ کھران ... ...

تمِس آسہٕ دٲہچہ کتھہٕ اکہِ اکہِ پھیری پھیری یاد پیوان ..... ساری

لُوکھ تہٕ تہٕنزہٕ لوٚکچہٕ لوٚکچہٕ کتھہٕ۔

پیٚلہِ ملہٕ واریاہ کالی تہِ دٕراوی نہٕ، راج ناتھن دِژ وُگوی

ژٕرٕنہٕ کنۍ اندر نظر۔ اُندرہٕ آسہٕ باتہٕ زہٕ اکھ اُکس لولہٕ خُشموٚ وُچھان

تہٕ وُژھس زنانہٕ ـــــ

"ژہٕ کیازِہ چھکھہٕ وُتھوٚنیہٕ کھورٕو ... ... وٕنی ہےٚ اکھ تہٕ

وٕنی کوٚت نیرکھ؟"

"نبرہٕ کنہِ ہےٚ یہٕ ملہٕ مُشران ہیوٚ پرٛاران آسیم ـــــ" تہٕ پی

ونان وُدٕتھ ملہٕ تھوٚد ـــــ

راج ناتھس گیہِ دِنن ہُش تہٕ دگو ترٛووُن یکدم اتھہٕ منزٕ۔

# ہُوچھپُر تھر

یہِ کرِہ ہِش زِندگی! یتھ نہ کُنہِ انْد چھُ نہ کُنہِ گوڈ۔ نرملایہ ترٛوو
زِیُوٹھ دوٗش۔ ڈُیِ دوٗہس اُس سوٗ بتہِ موہنہ ہِش دارِہ ییٛٹھ
ہِہتھ۔ برُوہِم پاٹھۍ اوسنہ دوٗہ ازتِہ موکلاٗنی۔ بوٗہ اُسی رِ چِہ
ہُنزِہ وُڈرِہ ییٛٹھ لُوکہ ادساتھاہ پکان۔ لُوکھ اُسی جورِہ کرِی کرِی
تْرھایہِ ہُلی تْرھایہِ ہُلی متین ہُندی پاٹھۍ نژان تہِ دوٗہٹہ تُلان۔ زان
اوس دُرٛوس دُنیاہ دوٗلسنہ آمُت تہِ سوٗ دِ یاٗژ اُس کُنی زٔنی۔
سٕپیشل وارڈگ یہِ کمرہ باسیوٗ تس یُہے ہِڈیٛپ ہیوٗ، ییتھ منز
سوٗ ہِبنہِ اُس آمژ۔
گاشس اُسی تْرھایہِ گِتہِ گژھان تہِ انہِ گٹہ منز آسہِ دُوٗرِ چھ

---

The Ridge Simla ط

موزُور گژھنہٕ برونہہ اوس نرملاین تہٕ رنگین اَنہرِ ین خوابن پاٹھٕ تہٕ نزریہ سیتہٕ ییُنہٕ ییرمژ۔ پوٚز تمِ پن اُسی اُژھی تہٕ اُمیہٕ زن سارِسی اُس اُکھر لجمژ!

ووٚنی کیاہ اوس تس زِندگی منز رُودمُت باقی تہٕ ساری عمرُ اُس تس برونہہ کنی۔ کُنہِ کُنہِ اُس نہٕ تس پژھی یِوان زِ سو کیاہ چھےَ پزی کنہِ گامژ موزُور۔ مگر لوکن کیاہ کرہٕ ہے یم تس اوٚنگجو تہٕ اشارو سیتہٕ اُسی ہاوِتھ دِوان۔ خاص کرِتھ یہِ سسٹر مریم گوڈہٕ گوڈٕ اُس نرملایہ سو نژہ ناوِمژ تہٕ وَدس کھارمژ۔ کیتھہٕ کاژاہ پھیرِ اُس سو کراں، زن وندس تل آیہ کنہِ گامژ—— کرِچ—— کرِچ—— کینژہاہ اُس شکلِ تہٕ ترژ دی۔ کینژہاہ ڈُلہِ دُنی جوانی تہٕ کینژہاہ تمِ پلو ژھنتھ کاژاہ بے ڈول اُس سو باسان۔ نرملایہ اُس تمُ ہنز دوہ لن اُچھن کُنہِ نرِسہِ ادشس نہٕ تیلہِ رہیں وونمُت۔ سو اُس تمُ ہنزِ تیُ نگل ہشہ کیتھہِ ژن اتھو سیتہٕ تلان۔

سپیشل وارڈکی مریض چھہ دُولی آسونی!

تہٕ ییتھوی نرملا وقتن ہمرٲد، سسٹرہ اوس تس پنُدی

کوہ ماگہِ دُہرِ داُوی ہشہ باسان۔ یُتہِ بو تتہِ اُسی ہوٗکھمتی تہٕ زوٗز ری
پینہٕ وُٹھرِ پیران۔ ہوا تہِ اوس بند ہیوٗ۔ نزن سہٕ تہٕ نزملاَیہ ہُنٛدی
پاٚٹھۍ موذوٗر اوس گوٗمت!

زِہ وُری اُسی گاٚمتی کلامس پیٚلہِ سو ترٛیوٗ پوٗرو ہلبھڑ اُس
آمُت دارہِ کنہِ لاینہ۔ مہ یہِ نزٕ سو کینٛہہ۔ تس آسہ دوٚ نوٗرے زنگہِ
ہہتھ گاٚمژہ تہٕ سو اُس نزٕ ٹھوٗد وٚوٗتھن لایق تہِ رُوزمُت۔
زندگی اُس اکھ گوٗب گرٛیٹنہٕ ہش تس ژینکین پلہبھڑ، یوسہ
ساران تس سیٚہ منز سو کھی اوس دوہ ٹوسمُت۔

موہنی ہُنزہ کتھ آسہ تس اُندری تیلان۔ دوٚہلہِ اُس موہنی
رُوان ہیتھ تس خبرٕ آمژٕ۔ از اُس نزٕ سو پوان پرٛژہ نادِ نے۔
"زنگ، کیاہ چھُن کوٚڈمُت ینتھرٕ کرِتھ—" تیران تیران اوس تمہِ
نزملاَیہ ہلہِ کیٚل دِیتمُت۔ "دوٚ نۍ کرسہٕ دوٚ ٹھکہ تہٕ ٹھوٗد؟"
پتہٕ اوس دوٚ شوٚرے باتدو تس کھوران کُن وُچھت دوٚش
ترٛوومُت۔ نزملاَیہ گوٚ اُندری سیٚخ۔ سو رُوز دُور تام موہنی ہُنزِ
بوٗت ژھایہِ وُچھان۔ تمہٕ سُند سہٕ یہٕڑ دی دی پکُن۔ پکون ہُنز
شوٗب نزٕ پرِنس ہستی تمہِ شندہ مارینہٕ —— کوترجوٗری!

اُس تھٔنز سو وُچھ۔

یوٗز یہ اُس تمن دوٚہن ہُنز کتھ، ییلہِ ہزِ ملایہ اُس سٹھ

زِٹہ سو گژھِ ٹھیک۔

موزُور زِندگی اُس تس وُچھی ژوٗرِہ نیمژ تہ ازباسیو

تس کُلی تہٕ وُدا اُسی تہٕ ہیتھہٕ نئوُہی ــــــ گنوُ ی زوٗن ــــ

تس باسیو زِٹہ ژرِٹہ تہٕ کُنجہِ ین ہزِ یور زِہنی دونی۔

ازِ گٔنڈ اُس کاغنی گنے ہژ۔ دُورِچہ سنگرہ باسے یہ تس

زان آسہ نشی آمژہ۔ زان آنگنسی منز آیہ۔ ییتھ سو اکھ

لانچھ تُلِتھ تہٕ وأرِتھ ہیٚکہِ ہے۔ تمہِ تہٕ دو زِلوٗکھٹ دوش ــــ

دوٚہے سو ہیٚکہِ ہے سو دوٚہٹ تُلِتھ!

سِسٹر مریم آیہ تہٕ ترأوِن بجلی ــــ ”ژٕہ چھکھہ سا

صُبحہِ پیٚٹھہ اُتی بِٹھی وُنہ۔ تیہ تہٕ لجی نا اکھ ژھٔٹہ منز۔ تلہِ سٕہ

دوٚہتھ دوٚنی کھوٗد!“

تہ پتہ اوٚس تمی وُٹھن منزی۔ ہزِ ملایہ زان لولکھ لورِہ

ٹاس تمن موُہزان زنگن تہٕ تمیٚ دوٗنس آرہ کتہ بُتھہِ ــــــ

”تلہِ سٕہ یہ دأر کھاو وُنہ وُژی۔ میہ نسا ییہ ہزِ وُنہ نیندر۔“

کوڈمت۔ اژدمن نیرمن تہٕ بیڈشیران اُس سۅ نرملایہ ژاُنتھ

مانتھ ترٛوسی دِوان۔ "تلہٕ سۅ یم تل کھور تھوڈ۔"

تہٕ بیتہٕ یتھوی ترس تم بے جس کھور اوزہ یور ڈلہ وتھ

دوہش اُس ترٛاوان، نرملایہ اوس موتہٕ کھو تہٕ سخ گژھان۔

دوہ نی اُس نرملایہ نرسہٕ ہُنزہ پوٚت ژھایہ کھوژان۔

"واہ یم کھور آسہٕ ہن ہنہٕ تمیٚ ہسندی۔ کھور ــــ یم اکہٕ

وِزہ، اکہٕ وِزہٕ کیاہ رات تام نُنہٕ پھلی ہیوی اُسی۔ ڈھایہ پوش

تول پڑی ہُندی کھور ــــ مانزِہ مِہربنہٕ ہُندی کھور ــــ

مانزِہ بھرتھ تہٕ ازموٗمتی گگر ہیوی کھور ــــ

اَنہٕ گٹہٕ اوس سوژوی شملہ زن کوچھ ہیوٚتمت !

آگنس منز اوس اَمل ماشک گُل۔ نیتھ نُنوی۔ تتھ

اوس سوژوی پن چھیپومت تہٕ سفید شین ہشہٕ لنجہٕ آسس

نَنی۔ سونٹ کالہٕ یتھوی سۅ پھولان اوس، خبر کتہٕ آسہٕ ساسہٕ بزہ

نارنگی رنگہ ژرہ تہٕ گنجہٕ تتھ لنجن پیٹھ بیتھ ہوٚیی تلان تہٕ شامس

یتھوی تھہند ییٚنہٕ ووٚل ہر کرٕتھ بالن کُن ڈولتھ اوس گژھان

سۅ اُس تمن دُور تام وُچھان روزان۔ نرملایہ کاژاہ خوش

ہے وُچھتھ ہیکہ ہے، سو تہٕ گژھ ہے تس خبرٕ۔ تمی اُس وُنہٕ تہٕ
چھو کر لد سندی پاٹھی اُنہارارے کران تہٕ نرملایہٕ گو شوق امہٕ کھوتہٕ
آسہٕ ہاتس تہٕ کُنہٕ دگی۔ تس نہٕ اُس کُنہٕ دگ تہٕ نہ دود۔ نہٕ تیر تہٕ نہ
تپ۔ نہٕ تپہٕ سیتی لشہٕ ہُندی پاٹھی دزٕ وُن پان نہ وِیرہٕ پنکی پاٹھی
الہٕ وُن جسم نہ کورہ فاقو سیتی ژارن وُژھمژہ اُچھی ——
سنہٕ اُچھ یم دادی لدس دارے چھہٕ شکیل بناوان تہٕ یس وُچھتھی
دِلس چھہٕ سر سر گژھان —— "میانی تہٕ گیاہ بمیارے!"
بہتھ اُس نہٕ سو بمیار باسانی۔ دوٚیی دہ ہس وٕٹھی گاٹتس
پلکہٕ پاٹھی اکہی جایہٕ بہن۔ نہٕ کانسہٕ سیتی کتھ نہ باتھ۔ تمے کتھہٕ
سوچان گیہٕ تس راتھ۔ بیٚہی بیٚہی اُسی تس مول آمتی۔ از اوس
تس پکُن تہٕ مُشتھ گومت۔

دُورہٕ دِژکو کرن بانگ تہٕ تس اُس نہٕ دِنہٕ تہٕ نِندر پوان۔
شیشہٕ ژھٹ اُسہٕ تھ تہٕ باسیو تس زن تس وچھس منز نار اوس
دُہان تہٕ نارہٕ برٕہہ باسیہٕ تس گیگس تانی، تمبرہٕ آسہٕ ژواپارے
ژھٹان ——

ٹس۔ ٹس۔ ٹس

نرُسہ دِیت نہ کِنی تہٕ تمہٕ کرُ ٹاس کرِتھ دارٕ بند۔ تہٕ نرملایہ باسیو تس پینیہِ چیوُنی کرِتھ چپاتھ۔ تہٕ تس گو پننہِ موزُور آسنک سخ احساس تہٕ کتھ مُشراونہٕ خاطرہ وَون تمہٕ ـــــ " یہٕ کُس ساچھُ ییتھ دوٚیمس کمرس منز۔ صُبحہ پیٹھہ ووت اُمس اُنہرارُے کران۔ دِلس چھ گژھان اُمو سنز دگ ترِتھ ـــــ "

" پیٚایہٕ ناسمی ! دوبارہ آیہٕ دُنیاہس۔ یا تہٕ دِچھہکھ شکلہِ ترٕتھ چھس۔ یوٚہ نگ مُشراوُس۔ ڈاکٹرو دوٚہس مُشرٕ مارِتھ بچاوون اُجی۔ مگر تمہٕ مون نہٕ کنہٕ وتہٕ ـــــ " میٚہ گژھہ مُشرُوٚی ـــــ میٚہ گژھہ مُشرُدٚی ـــــ " تہٕ رژھاہ دم دِتھ ووٚتھس سو بیٚنیہٕ ـــــ

" یانہٕ مرِتھ کیاہ سناکرِہ ہے سو مُشرِس ! " نرملا رُوزس پھیرِ پھیرِ وُچھان ـــــ " اپریشن کرِتھ بچے یہٕ دو نوُے۔ گُلاب پوشِ ہیُو بچو وُچھس زامُت۔ دِل چھ زوٚرہ نوان ـــــ " تہٕ تمہٕ ژھوٚٹ زیوُٹھ ووش۔ نرُسہ اُسی ٹارٕی اُدرِی تہٕ تِمن سنِبن سنِبن اُچھن منز اُسی خبر کیتی دادِی آہیتو ووتلِتھ۔ یم نہٕ ژمہ پیٹھہ نیُی اُسی۔ نرُس دُرایہٕ مگر سو رُوز نرملایہ اُچھن برو نہہ کِنی۔ انز آیہٕ نہٕ تس کنہٕ وتہٕ بندر تس اُمس سمی پھیرِ پھیرِ یاد پیوان۔ تس گو وُزہ وُزہ سو تہٕ

نِرملا اُس خبر کمَن غوطن گامُژ۔ تمہِ بُوزوُی نِ۔ تس آیہ بیٚیہِ اُشہِ گنڈ۔ نرُس پیٚیہِ آسمانہٕ۔ یہِ اُسہِ سوے نِرملا، یوسہٕ تس تیوٚ ننگل اُس پلہٕ ناوان۔"

"یہِ کوسے اُسی ژیٚہ از خبرِ آمژ۔؟"

"یہِ ہےَ اُس میٚہ کالجہ وِہس! اُس کیاہ تیٚلِہ بڑی پرُژھان اوسُس نہٕ کانہہ۔ از کیاہ اُس پھٹنس آمژ۔

نرُس وُژھس بمُن گندان۔ "میٚہ کھرُ سو گوڈہ پیٚٹھے۔ ژھوکس کیاہ چھس ژٕنی گامُژ۔ رات شامن وُچھم رِجہ پیٹھ۔ یا تہِ وُچھہ ہک۔ وتہٕ پیٹھ تہِ اُس ریٚنس لاَرِتھ ہیش گامژ۔ مستس تہِ اوسُن ییٚہےَ ژُرِہ اول ہیوٚ بنوومُت۔ کہِ کیاہ چھس نیٚبھرِ نٔی اُس یہِ وُیٚنہِ تہِ۔ میٚہ گیہِ سِرُ ہیٚہِ سیٚتی زیٚن۔"

موٚہنی وُژھس نس کھاَرِتھ۔ "تہِ کیاژِہ گیٚی ژیٚہ زیٚن فیشن گژھیا شوٚبُن تہِ۔ ژہٕ تہِ زان کرِہ ہکھ۔ ژیٚہ شوٚبیہِ۔ موٚہنی کیاہ چھہ پکو لاگنس موٚلوُن۔ نُٹ تہِ چھس شوٚبان۔ بیٚیہِ تہِ کرِتھ ہیےَ چھس دوہ نیرِہ نکی پھیرہ نکی۔ نیرِہ نا۔ ژیٚہ چھوٚی اَزر وُن، تتھ کیاہ کرِہ کانہہ!"

تس گوٗ تلواس، تہٕ تمۍ دِژ ہکہ کرٛکھ، تہٕ نرٛسہٕ آیہٕ اُچھ موٗران۔

"کیاہ سۄ زہ ؟"

"کہیں نہ، میہٕ ہے آو یُہے کھوژُن ہیوٗ کنۍ زنہِ۔"

نرٛس لجِس بتھسی وُچھنہِ۔ "نہ سا تہٕ ژہ کیازِہ چھک ییر ژھشس

گامژ۔ ژ ییہٕ ما چھوی کنہِ دود؟"

نِرملا زن اٗس راوِمژ ہش تہٕ سو وُژھس داٗدی لدہندی پاٹھۍ

——"بو چھسے ووفی بےڈول باسان۔"

نرٛس گیہٕ ہے بُنگ ہش۔ اُمِس کیاہ چھہٕ یہٕ گومُت۔ یہٕ کرژھ

کیتھ چھہٕ یہٕ کران۔ تمِس اٗس سوہ تیہہ کھٹمژ۔ نرٛسہٕ آو عار۔ نِرملا

کاٗژاہ اُس تن بدلیمژ۔ تیلے اٗس تس شکلہِ ترٛٹھ۔ وا نِسہٕ تہٕ آسہٕ

ہے یہے ستراہ شداہ۔ فوفی جوانی۔ یہے ہی تقرٛ ہش، پوسہٕ

اتھہٕ لاگنۍ ستراوکان اٗس۔ نوۍ نوۍ آگرہِ دراموٕ جوڑی، یتھہٕ گوڈن

روزہِ آسن۔ ڈیڈ دوہ اٗس سو اُنس سیتۍ کیتھہٕ کران، مس

شیران تہٕ تتھ نوۍ نوۍ راٗیہِ دِوان۔ ووفی اوس تس سورُوی نو ٹھمت

تہٕ یمن دوٗن وریہن منزی اٗس نہٕ سو پرٕ زہ ناونے یوان ——

"ژ ییہٕ کۄ ووفی۔ ژ ییہٕ ہے چھے وُنہِ تہٕ شکلہِ ترٛٹھ۔"

سو اُس سارِنی منز ہیے کھٹِتھ ہِش دٕرامژ تہٕ سأرِی اُسی تس
کُن وُچھان۔ راج ترِ اوس تس تُل ٹارِ وُچھان۔ تس آیہٕ نہٕ
پَتہٕ ھی زِہ تِم دوہ کیاہ اُسی پٕرِی۔ موزُور گژھنہٕ ستی اوس تس
یاد ٹُک شٕہرِ تہٕ میچھر چھینومُت تہٕ یتھ جوأنی پلیٹھ تس اکہِ وزہ
نانہٕ اوس، از باسے یَس، ژھبتہٕ گومُت ژونگ ہِش۔ یتھ وُنہٕ ترِ
دٕہی لمکھ اُسی دوہ پھان۔ تس آو اوش۔ ژٕسِ یتھوی سُورہ
رنگہٕ سوٹس تاہ مُژُر، تس گو دُزِہ وُزِہ سہٕ سُوٹ لاگنس۔ تمِس
ژٕ دِل ہکہٕ نیرِتھ ــــ "کِتھوی چھوی ژٕیہٕ سُوٹ باسان؟" زٕس
لجِس بُتھِس وُچھنہٕ۔

اُمِس کیاہ چھہٕ پرِ از گومُت۔ یہٕ کرِژھ کتھ چھہٕ یم کران ــــ"
نِرِ ملایہٕ اوس دارِہ یاد یتھوی سو سُوٹ ژھنِتھ اُس رِیچھ
پلیٹھ پیٹہٕ دی دی پچھِر۔ وَتھ زان اُس شِشتھ گامژ۔ ترٕوٹ
گاڑ، یتھ نہٕ کونڈوی آسہٕ۔ تمہٕ وِزِہ اُسِ وہرا ژ ہِندی دوہ!
ترِنکہٕ نِکہٕ رُدِہ پھیرِی اُسی سأرِسی یِیران تہٕ سو اُس نارِہ وُزِل
ہِش باسیمژ تہٕ یتھوی رُودِ گوبِ ہواہس تس پوٹ ہیوٗ مس
پھکرو، کوتاہ خوش اوس تس یِوان سہٕ شیرِمن۔ از کرِژھ

"اَزٕ دُن یِیہِ میانِس تل پَتِس ۔" تہٕ دَزِن دادہ دِرایہِ
نزُس کٕتھ اُڈِہٕ ترٲوِتھ تہٕ نرملایہ پھیوٗر سٕسِخ ۔ ناحقے اوس تمہ
نزُسہِ ہنٛد دِل پھٹرٕ دومُت ۔ تہٕ یِی سونچان پییہ تس نِندٕر ۔ صُبحے
ژایہِ دادِ کنِہ تاپٕہ پھوٗ تی ۔ نیرٕ وُنہٕ ہردٕ دیچہٕ خوش پوٗنی تایہ ہناہ!
تہٕ تس آو سِخ آلُژ ۔ پلو ٹرنک اوس کوٗنس منٛز ہایہِ گومُت
تہٕ تمہِ دوٗپ پلو ترٛاوہ ناتاپس ۔ یتھوٗی نزُسہِ ٹرنکس ٹھانہٕ
تُل، تس باسیو زن تس زخمن کرٛول دوٗتھ ۔ سارِسی کُٹھس پھلیو
عطرہ دوٲہ مُشک ۔ نزُس اُس اکِہ اکِہ سوٗٹن تاہ مُژران تہٕ
نِرملایہ اوس پرٲنِن کتھن زن گنڈ پوان مُژرنہٕ ۔ کالج دوہن
ہُنٛز اکھ اکھ کتھ زن اُس لَس اَچھِن تل ۔ تمِس دوٗتھ اندرہ
طلاطُم ۔ کمِہ شوقہ تہٕ چاوہ اوس تمہِ اکھ اکھ سوٗٹ سوہ نووُمت ۔
دوہے اُس سوہ نُووِی نوٗ سوٗٹ ژھنِتھ کالج کھاان ۔ یتھوٗی
سوہ تمِہ دوہہ یہ نابدی رنگہ سوٗٹ ژھنِتھ کالج اُس کھژمرٕ،
راجن اوس تس پوٗت ژھایہِ وچھتی دوٗنمُت ——

"Queen of Colours" ۔ نزُسہِ دِژ پلون دُونژھ ۔
پلون منٛز اُسہ کالجکی فوٹو ۔ تمُس درے یہ تتھ پیٹھ نظرٕ ۔

ژُتُلِنس گرِژھ ہاُل آسنہٕ۔ "تہٕ نیوُن ژُتُس تَس کھوٚنہٕ منزٕ کڈِتھ۔

نِرملا گیہٕ چھینہٕ ہیش۔

"میٚہ ہیٚے چھہٕ ژُھری سۭخ خوش کران۔"

"ژُھری ہیٚے چھہ میٚنہٕ سۭخ خوش کران۔ سۭخ اَمار اوس میٚنہٕ ژُھرِن ہُنٛد۔" نِرملایہ ژٕٹس کٔتھ اُڑی۔ "دوٚپ مےٚ ہیٚنہٕ تریٚہ کونہٕ کوٚرُتھ نیتھر وُنیکتام؟"

"یہ چھا پانس تام۔ خبر کیٚژ مجبوری چھہ آسان۔ مجبوری نے آسہ ہم چانہٕ دٕہ کتھ کتھ ژالِہ ہا ... ... پیوان ژالنہٕ۔"

نرٕسہِ زن اوس اوٚش ٹارِن بیٚمھ، لیٚس زِیر لگنہٕ تس دادِ ووٚتھ۔

"میانِ عُمرِ تہٕ رُوزِہ دوہ ژنیتھر کرنٕچ۔"

نرٕس ژُنچ وَدان وَدان تہٕ وونس نہٕ کہیں تہٕ نِرملا گیہٕ نیٚنہٕ موہ منٛز ہیش۔ تس پھیوٗر نحقےٚ اُس تمہٕ نرٕسہِ سۭتی یژھ کتھ کرٕمژ۔ تمہٕ اوس نہٕ نرٕسہِ ہُند یہ لاُبی خاعُبی تہٕ وُچھمت۔"

وقتن تہٕ اُس نہٕ ہیٚچھمژ نرٕسہِ ہنٛز اندرم زنانہٕ ژھیتہٕ کرِتھ۔ حالاں کہ نرٕسہِ اوس اندری اندری وَٹھ گومُت۔ تس باسیہِ سو بجوش وُہوِ ژ نارہ کانگر، یُس سہٕ مجبوری پاٹاُسی اُس کرٕمژ۔

گژھہ ہے سو تتھ سُوٹس منز، سو ییہِ ہے سوٗتتھ ہِش۔ تہٕ ملا
گیہٕ ژھیتہٕ ہِش۔ موزوٗر زِندگی ہُند بوٗر ساران اُس سو تتھی ژ
تہٕ پرِہ ژِھیتہٕ گامژ۔

دوٚنی کیاہ ییرِ ہے یتھین کتھن پھیرُ دِنہٕ یِیتی۔ تس لگو
سوٗٹن ہُند بوٚرنگو یِیتی ژُکی ہیوی تہٕ باسیوس زن تہٕ سارنی
سُوٹن رنگ اوس چھیتیومُت۔ تہٕ تسِہ دوٚیُن بیٚنہٕ تھاو پٚلون تاہ۔

شامن ییتھوی نرس آیہِ، تس اوس شراہ کھونہٕ، تھنہِ
دوٚ گُل ہیوٗ، نیٚو تھٕس ژھہ ژھہ دِوان۔

"کہے چھُنا یہِ گلالہِ ہیوٗ۔ دُچھ دُشُن کوتاہ چھُ۔ برٛنزِس
تہٕ چھُنہ ماجہِ روٚس دران۔ تہٕ دُچھ کِتھہٕ کُنُے چھُ گنگھ ہیو دُچھان۔"

"تلہٕ ساٗ۔" تہٕ ییتھوی نرِ ملایہ شرکھونہٕ تُل، تس لجُ وچھس یہے
سپسرِہِش۔ تس گو متھہ زِہ سو تھوہ تس پننِس انہارِس وچھس
سیتی ژھہ ژھہ دِنہٕ۔ تمِہ روٗٹ سہٕ زورِہ نالہِ منہٕ تہٕ بھوٗرنس بُتھ
ماہوَ تہٕ میٹھیو سیتی۔ تس اوس پراژن وُنہٕ تہِ دوٚدہ مُشک پوان۔

"چیں چیں— " برادہ بچہ سِندی پاٹھی تُل تمیٚ کرٕ یکہ ناد۔

"یوٗت زورِہ کتھہ روٗٹ تھن۔ ژِھنہٕ تارٕ تھس بچاٗرِس—

کران تہٕ دندٕ برٛ بو منزٕ کیتھ نیرِتھ اُس اڈکجہ باسان۔

برٛنزِس اُکس کیتھ کرِتھ تہٕ دِیُت تمۍ نِرملایہ باس زن تہٕ
تمِن ورِہیَن ہُنٛز ذان اُس تہٕ تمِس سیتۍ کیتھ کران ژریُن تہٕ
تمہٕ زہ سو اُس ڈاکٹرس سیتۍ کیتھ کران۔ عجیبی پأنیاراہ تہٕ سو
لُکہٕ تس نبقِس کُنٛوہی وُچھینہٕ۔ تمہٕ ژریُن تمۍ سندین شتھن ہُنٛد
وُشنیار [illegible] تس گونٛشتھ زہ سو چھہٕ موزوٗر۔ تس بیٚیہِ کالج
دوہ بیٚیہِ یاد۔ تس گو برٛونتھ زن تہٕ یہ راجہ تس لٕشہٕ بیٚیہِ پھیرِتھ
اوس آمُت۔ تہٕ یتھوٗہی تس ڈاکٹرن اتھہٕ لوگ تس لُکہٕ یہے رِیٖ
ہِش۔ سو لُکہٕ ڈاکٹر سنٛزن اچھن [illegible] کتاہ شکیل اوس
سہٕ، راجنہٕ کھوہ تہٕ تہٕ تس لُکہٕ اندرٕ وُبرارےٚ۔

نِرملایہ پرٛژھس شرٕ وِسندی پأٹھۍ ——

"کیا وسا گژھا بو ٹھیک ؟"

"کیا زہ ہٕ۔ نگر یوٗت بہ تیوٗت گژھہ اوزٕ یور نقب کرِتھ
پھیر پچھ تھوریہ گُشش کرِنۍ۔ توٚہی مہ گژھو جلدی ٹھیک ۔"
سو بیٚیہِ آسمانہٕ —— "پھیرُن تھوُرن —— " وُنٛیکتام اُسکھ
سو ٹھپس منز ہاوٕ مژ، یتھ لیہِ تام ترٛوپرِتھ آسہٕ۔ سو

دۆن ہُند دود ادس کُن گومُت۔ پتھوی شامس تم سمیہ۔ انز آیہ دوشوےٚ مُژرِ نہٕ۔

"بوہیے چھس دونی پتر نِنہٕ آمژ۔ ژریہ کیاہ چھوی باسان، گژھا بوٹھیک؟"

نرسہِ گیہِ گلہ زبو —!

"کانہ تیاہ بلے یہ۔ ژریہ کھے چھوی۔ بوژم نوو سرجن چھہ ینہٕ دول دیوہ تمی ہندی اتھہ پلکھ!"

نرملایہ اُس آش سوریہٕ تس اُس پتاہ زہ نرس چھہ بلٕ تس تسلاہ دِوان

دویمہِ دوہہ آو نوو ڈاکٹر تہٕ نرملایہ گیہِ بے ستھ ہش۔ دیوہ سوگژھ بیہِ ٹھیک تہٕ ہیکہِ بیہِ نیرتھ پھیرتھ، تمن شوخ پلون منز، یمن منز سو رنگہٕ ژرُ اُس باسان۔ آش —— اکہِ آمہِ پننگ سہایہ!

پتھوی ڈاکٹر آو، نرملایہ دِژھ اُچھن موُرن۔ نرملایہ باسو ڈاکٹرس منز نوبہٕ ہیو —— کیاہ تانی عجیبی —— چالہِ ڈالہِ کنہٕ ادس سہٕ کالج لڑکہٕ ہیو باسان۔ سہٕ ادس کتھ، ژوتری ژوترہٕ

دِلس تسلاہ دِوان۔"

"وُچھتہٕ ہے پلنٔے دوٕیہِ وُہریو وُژھکھ تھوٗد۔ ژِہ ہے گژھکھ ٹھیک۔" تمہِ رُٹ نرس نالہِ میٖتہِ۔

راتس اوس شیٖنہٕ غضباتاہ پیومُت تہٕ نرِ لایہ کوٗر نوشس دارِ پیٹھ بِہِن۔ تہٕ سوٗ گیٔہ دارِ کنہِ الائنز ہِشس۔ "کوتاہ نوشس اوس میٖہ کران اتھ نوِس شیٖنس پیٹھ پکُن۔ میٖہ ہا سٕہ چھُ نوٗو شیٖن پلاشٹک قائلین ہیوٗ باسان تہٕ یہِ شیٖنہٕ ژھٹ، زن کنِ منز کیاہ تانی وَنان چھِ۔"

شیٖن اوس اژِھیوٗن پیوان۔ وٕنٹھی وٕنٹھی شیٖنہٕ تھوٗسی، نرم پھمب ہِیوی، زاشٕرِ ہِندی اتھٕ کھور ہِیوی —— تہٕ تمِس پیوو سمی ہُند شُرِ یاد۔

وُشُن تھنہِ ڈِلونگ ہیوٗ تہٕ تمِس ژوٗل ہکہٕ نیٖر تھٕ ——

"میٖہ ہئے سخ شوٗرخ۔ اکھ شیٖنہ دوژاہ تکہ اتھس کیتھ۔"

اَدٕہ بینہٕ نا" نرسہٕ دِیُتس جواب۔

"ژیٖہ چھُہ تھنہٕ زانہٕ یُہے پھمب پھوٗت ہیوٗ شُر راتس پانس سیٖتی سووُمت، زانُش، یمِس یہٕ اژن سفید شیٖن ہیوٗ دودھ

لۆجۍ ڈاکٹرس تھۍس کُنۆی مُدٕے گنڈِتھ دِ چھِنہٕ۔

ڈاکٹرن تجُ سہ مژھہ ٹھپ کرِتھ تہٕ پھیرِ ناؤن ساری کمرس۔
تس دُرِاو زنگن واش ہیوٗ۔ دارِ کنہِ دِژن نظر اکِھ تا سکس
کلس پیٹھ اُس جانور بجُریاہ پچان تہٕ تس لۆجِ زنگن سپر ادُرے
ہش۔

تہٕ سہ رُوز ژِیرِ تام ڈاکٹرِ سُندوی سوچان۔ تھوٚد تُلنہٕ
وِزِ اُس تس تمۍ مژھِہ زورِ ٹھپ کرمژ۔ جوان مردِ سِنز ٹھپ
تس اوس ژِھنہ تھوٚومُت تہٕ تترِ تس آسہٕ دُنہٕ تہٕ تیمبرِ وولھان۔
تس پھیوٚر تھۍس بیٚیہِ دوزِ جار، زن تس یاد آو اوس پھیرِتھ
آمُت!

دوٚیمِہ دوہہ کوٚر تمہٕ شرٲن چاوِ سان پوٗرن مس۔ شوقہٕ
لوگُن سہ رمہٕ۔ ٹرنکہٕ منزٕ کڈُن سہ عنابی سوٗٹ تہٕ بیٹھ دارِ پیٹھ
دُور تام اُسی یوان لوزنہٕ شُملہٕ کی پہاڑ تہٕ تمن پیٹھ تمہٕ
گنہٕ گنہٕ یارِ زن ساسہٕ بزِ مہرہ بنہٕ پائرتھ بیٚھِتھ تہٕ کاٗر نمرِتھ کائنسہٕ
پڑاران آسہٕ۔

تس کہیے چھہٕ ونان ڈاکٹر۔۔ گژھا بہ ٹھیک۔ کہنہٕ بو چھس بُلی

"ژیہ کہے چھُوی باسان امِس ڈاکٹرس تہٕ نزن چھُ کیاہ تانی اُندری۔ اُمہٕ تہٕ چھُ ظاہرا میانی پاٹھو دِکہٕ کھیومُت۔ یوہے چھُس یہٕ دوہے وُچھان یِہے رووُمُت ہیوٗ۔"

"یو کیاہ وَنہٕ یوہے چھُس پانہٕ راوان!"

ڈاکٹر بیِتھوی آو، سہٕ اوس یِہے دوٗشلیومُت ہیوٗ تہٕ اُچھن اوس خُمار کھوٗتمُت تہٕ بیِتھوی تمہٕ نِرملا نقیب کرِتھ تِمہٕ لتس لوگ تونت ہیوٗ ——

"تو ہیہ ماسہٕ چھُوہ تپ؟"

"آسہٕ ما، میٚنتہٕ چھُ باسان۔ رات ڈراس یو ژیرِ تانی شِشینس منز ہالس (The Mall) پیٹھٕ پھیرنہٕ۔ شِشینس منز چھُ میٚنہٕ سسخ خوش کران نرژن۔ اُندرہٕ چھِ شہلتھ ہش پیوان۔ کرِ کیاہ انسان کنُوی زوٗن گھرہٕ تہٕ۔"

تہٕ نِرملا لجہٕ لتس پھیرِ پھیرِ وُچھنہٕ۔

نرسہٕ وُچھ لتس اوس ۱۰۳ تپ۔ پوٗز تمِس گیہٕ نہٕ گرین تہٕ۔

نِرملا وُژھ پانیار ساپنی —— "نرسہٕ تو ہیہ چھُوہ نہٕ پنُن کانہہ خیالی۔"

"وونی کیاہ تھاوہ خیال، یوان یکان تہٕ تپ! یہٕ آسہٕ

آسہ لور تہ پِس تیوٗت وُشُن آسہٕ، یتھ پیٹھ گندھک تیزٕ دزٕہ۔

نرٕسہٕ ژھوٗٹ زِیوٗٹھ ووٕش۔

یوٗتوٗی پرٕژھ نرملایہ ڈاکٹرس — "میہ لگیا ساریِ شینہ پیٹھ پکُن؟"

"گیازِہ نہ، ژیہٕ کیاہ چھُوی؟"

نرملایہ ژیوٗن بیٚیہ تمیٚ سند بن شہن ہُند وُشنیار۔ املِ تاسکِس گرس اُس شینہ پھوٚلے لگمژ۔

ساریِ گاژاہ ژھوٚیہ اُس۔ سو رُوز ژیہ تانی یہےَ خوابن منز ہِش۔ راتی راتس گو تمِس وُزِہ وُزِہ چھولُن املِ تاسک کُل اُچھن تل۔ تمِس تیز ییہٕ دُبرارے۔ ڈاکٹر گو تاہ نکھہ اوس تس یوٚکمت۔ سو راو بیٚیہ اَنہرِ ہن خوابن منز۔

یِدِنی رُٹ تمہٕ نرس نالہٕ متہ۔ "بوٗ ہےَ گژھہ ووٕنی ضرور ٹھیکِ؛ ووٕہ ہہ کھوتہٕ ووٕہ اُس نرملایہ زنگن یہےَ جبس ہیوٗ یوان — تس اُس ووٕنی یوٗرہ سمجھ زِہ اکِہ نتہٕ اکِہ ووٕہ ہیکہ سو یرِ تھ دارِہ پیٹھ وُچھتھ شین کیتھہ پاٹھی چھُ پیوان۔

"میہ ہے چھُ دِل وَنان بو گژھہ ٹھیک۔ یہ سنے ڈاکٹر ییہ ہے نتہٕ کوٗت؟ تمہ ییہ وو ۔۔۔ س تمہٕ لو نہ —

صُبحائی یِتھوٗی سو ڈیوٹی پیٹھ آیہٕ، تس آسہٕ اُچھ دوٗ زبہٕ روت
ڈُنیندرہٕ سیتی اُس سو بیمارٕہش باسان۔

یُتھٕے چھ گژھان آسہٕ تس ٹھٕٹھ ڈرامژہٕ۔ تہٕ نرملایہ گوٚ اندرہٕ
کیاہ تانی۔ نرس اُس دوٗ نیٚزی پاٹھو بڈیمژ۔

مگر نرسہٕ اُسی نہٕ کُنہٕ پڑی پیوان — "مات اوس بیٚیہ لشہٕ ہندی
پاٹھی دنان۔ میہٕ کوٚر جانی، بہٕ روزس تتھ۔ تیہٕ کہٕ زورہٕ سیتی
اُسی تس ٹاری تام گو بیمتھ۔

نرملا اُس کنوٗی شاہ پوزان۔

"نیندرہٕ منز ہیوٚتھ تمہٕ دورُن۔ میہٕ تھوٚو مس ڈیکس پیٹھ
اتھہٕ نہٕ ووٚچھ تپ کوتاہ چھُس تہٕ تمیٚ ہیوٚتھ میہٕ اتھہٕ موٗرنی تہٕ رود
خبر کیاہ کیاہ ونان۔ مگر میہٕ زن پیوٚ کنن زر، میہٕ بوٗز نہٕ کہیں —
بہٕ گیس شرمہٕ سیتی گٔی گٔی۔" تہٕ نرس دوٗشلییہٕ۔

"یم مردہٕ ہے چھہٕ ساری یِتھی۔ میہٕ ہے اوس گوڈٕ پیٚٹھے
تزیوٗمُت اُمی سنزن اچھن منز خبر کیاہ کیاہ۔ تہٕ صُبحائی یِتھوٗی
ووٚتھ، تمیٚ ووٚن میہٕ بہٕ نہٕ ساہ ہیکے ہورِتھ تریہٕ۔ تریہٕ پیوٗتھ میہٕ گھرہ
یاد۔ پتہٕ لوٗگ میہٕ کُن تِتھے پاٹھی ووٚچھنہٕ زہٕ میہٕ دوٚپ زمینس

ژھٹ لجِھرِ۔ گرِژھہ پانئے ٹھیک! "

ھہ دِژاو بے فکرہ منزی۔

نِرملایہ آو ڈاکٹر سُند سنخ عار۔" وُچھتہٕ بی۔ دوٚپہِ نا اُمِس

تہٕ ہےٚ چھہٕ کیاہ تانٛ اندری۔ نتہٕ کیاژِہ کرِہے پٔژھ کتھ۔ "

نرسہ ووٚنُس نہٕ کہیں۔

دوٚیمِ دوہہ اوس نہٕ ڈاکٹر نئوٗی کُنہِ۔ تہٕ نِرملایہ لجِ سنخ فِکر۔

خبر وارے چھا ــــ ؟ نتہٕ گو نہٕ سہ ژُکن ووِل۔ ڈٔیی دوہس رُوز

سہ کُنڈ پٔن بیٹھِ۔ نرس آیہ ژٕیرِ۔

" سہٕ ہےٚ چھہٕ کوارٹرسی بیٹھ۔ تٔیہ سٕتی اوس لشہٕ ہُندی پاٹھو

دزان۔ تَس چھنہٕ پننِہ پانٛچ خبری۔ ژٕہ ہےٚ چھکھ پوٚز وَنان، اُمِس

ہےٚ چھہٕ خبر کیاہ معاملہٕ۔ نتہٕ کیاژِہ روزِہے یِہ لوٗیت وُدائسی۔

یا تہٕ گوٚژھہ وُچھُن کہِ سہ حالت چھہ تمِس کوارٹرس منز سارِی چیز

چھس وہرأوِتھ تہٕ ٹھکرأوِتھ۔ نہ کُنہِ ڈھنگ نہ کُنہِ وطیرہ۔ تمِس

ہےٚ چھوٗی دِلس بیٹھ کیاہ تانٛ۔ کتھ چھنہٕ یتھہٕ خالی۔ "

"یہ چھس دیان دُنیاہس منز چھُنہٕ کہنی خوش! "

نرس دِژایہِ سُنی ہسپتالہ تہٕ گیہِ سیوٚدُوی ڈاکٹرس نِش۔

لۆدمُت تہٕ یان باسیوٚ تَس بِیالی وانگُن ہیوٗ تہٕ بُتھ پھوٚکہ ڈٗون ہیوٗ۔ تَس کھوٚر سورُوی۔ کیاہ دُچھتھ زُوی اِنسان تہٕ تَس گیہِ بُلہِ نرٕسہِ ہُنز نکہت ... کاژاہ خوش اُس سہ! دُکین اُس نہٕ سہ وِزان کُنہِ۔ زن سہ تہٕ نرٕملایہ پیٹھ اسان اُس۔ تمہِ شوٗرٕتھ اُندری۔ ڈاکٹرس سیتھ کرِتھ گرِتھ یہِ مہربٲنی۔ یہِ باسہِ تمِس موج ہِش تہٕ تمہِ اوٚس اُندری۔

نرٕس وُژھس شُری سِندی یاٹھی ــــ "نائے تہٕ ژہٕ کتھ پیٹھ چھک اَسان۔" نرٕملایہ وٚونُس نہٕ کہیں۔ نرٕس گیہِ شعوٗر نٕد ہِش پرٕژھنس کھوژی کھوژی لوٚتی ــــ "ژیہٕ کہے چھُوی باسان، کرٚیا یہٕ میہٕ سیتی نیتھر۔" تہٕ نرٕسہِ پھیر تُھکِس موٚر ژاہ ہِش تہٕ سہ لجہٕ نرٕملایہ وُٹھن کنوٗی وُچھنہٕ۔ نرٕملایہ گوٚ نرٕسہِ ہُند سیخ۔ تمہِ رُٹ سہ نالہِ متہِ۔

"گوٚمُت تہٕ کیاہ چھُس، یہٕ زن جوٲنی چھُس آمہٕ تاو لوٚگمُت۔ سہٕ چھا کانہہِ پانس تام تہٕ کینس اَسِتھ تہٕ آیہٕ نرٕملا ماجہِ ہُندی یاٹھی مژراونہٕ۔ بہٕ تہٕ گیس پیرہ تو تہٕ لگِہ ہیہے بوٚڈھ۔" سہ وُژھس ٹاٹھنیارہ سان ــــ

گوٚڑھ گژھن چاہ تہٕ بہٕ وَسہٕ ہاتھ منز۔ کوتاہ شُس چھہٕ باسان۔ گوڈٕ کیاہ آسہٕ کھیوان۔ چھُس کُس بچارِس۔ اُمِس ہئے چھُہ سہارُک ضرورت ... یا تہٕ وچھکھ کموٗ چشمو ادس میٛنہٕ وُچھان۔ نرملا وُزِھس دِل پھُٹھ ـــ "نابے تہٕ یاگو وٚونئے کینٛہہ نہٕ پاٚٹھو ـــ"

"امہٕ کھو تہٕ کیاہ ونہٕ ہے ... بوٚ ہے تہٕ اُوٗ دوٗنی نوکری یو تہٕ ہے چھس پتہٕ پھُجز دوٗنی۔"

نرملایہٕ لوٚگ چھئے دَب ہیوٗ۔ تُس سو تیمیہٕ آش۔ سو اُسن ہپر ہز دوٗنی دوٗ بھنو۔ سو اُس قدم زٕ قدم تُلان تہٕ ہیکان دارِہ تانی گژھِ ھتھ۔ تُس پھُٹ دِلِ۔ لوٚ یہٕ بانٛس اُس رُم گاٚمُژ۔ تتھ کتہٕ لگِہ ہے واٹھ!

تس باسیوٗ زِ سو گیہٕ بیٚنیہٕ پتھ پتھی۔ تس گیہٕ نرسہٕ منز سخ نفرت۔ یمہٕ ڈاکٹرہٕ سُند اوٚزھ سہارٕ تہٕ تس نِش نیوٗ مُت اوس مگر یتھوٗی تمہٕ پینہٕ نین کھورَن کُنہٕ ووچھ، سو ہے یہ۔ یتہٕ کیاہ کم اوس زِ ڈاکٹر اوس تس سیتی اَسان اَسان کتھ کران۔ تس باسیو انہٕ ینوٗ پان سخ کوٗ ڈول ہانٹھ زنانہٕ۔ تمہٕ اوس ماز

دِلہٕ ہیٚن پھٕٹہٕ۔

"میہٕ ہے گو گوڈٕرہ پیٚٹھے اُمی شُند ستی۔ بچور خوٗن چھُہ کڈان پانس دوہ ہس۔ بہٕ دِمس نہٕ پیش کام دوہ نی کرنہٕ۔"

ڈٕیِ دوہ ہس اُس نہٕ تس ڈاکٹرنیٚ کتھ مو کلان۔ بٕیہ دوہ ترٕ آیہٕ نہٕ س خوش خوش۔ "میہٕ ہے ترٕاُو نوکری۔" اَتھس کیتھ اُسس عنابی یٖرہٕ بُنیان۔

"ڈاکٹر ما وُچھتن۔ تس ہے مُٹھ یہٕ بُنیان تھیٖلس منز۔ وُچھ کِتھ چھِ یہٕ۔ کُس یٖر چھُہ ضایع گومُت!"

"کیاہ لگی۔ وۄنہس ہے۔ اکھ تٕۄیٖس باسنہٕ ہیوٗ ترٕ چون بہٕ ہاوے نموٗنہ۔"

پیٚتہٕ ہیٚتھ دوہ شوی بُنیان مُژرٕنی۔ تم اُسن ہیٚتھ مو کلنہٕ ترٕ پیٚچ کِنہٕ آو ڈاکٹر۔ سہٕ اوس بانبرِ ومُت ہیوٗ۔

"تو ہیٚہٕ ما سہٕ وُچھوہ میانی بُنیان تھیٖلس منز؟" دوہ شوی اُوس وُٹھن منز ہاسُن۔

ڈاکٹرٕ ڈوٗد ونان۔ "پھیٚمبی کھٕرٕ میہٕ ژھانڈان ژھانڈان۔"

"نہ سا تیٚژھ کیاہ تھپ چھہ سو۔ یِہے چھہ بوٗہریاہ ہٕش۔"

"تلے ژِہ ژُھن یِہ نابدی رنگہٕ سوٗٹ میوٗن۔"

"بو کرِ ہی گژھ سۄ ژھنِتھ!"

ژِہ لاگھٕ تیا۔ ژِہ ہیٚے گژھک ِمہرٕ بنہِ ہشں تہٕ نرٕسہِ رٔٹ

نِرملا نالہٕ متہِ تہٕ دوٚشوٕنی لگو ہکہِ۔ یُتہٕ کنہِ ژاو ڈاکٹر اسان اسان۔

"از کیاہ ذُلیل چھے۔ از چھہٕ سِسٹر رضایہِ تہٕ ماز کھوٚتمُت۔ پتہٕ

ڈوٚتھس سۄ مخولہٕ سان۔" سال ماچھہٕ کھیوٚن۔ تی آسہِ کتھ۔

ڈنکہِ پیٹھے چھہٕ یُتھ چِکہ جاو۔" نرٕسہِ وُچھ تس کُن تلِہ ٹارِہ۔

کوتاہ خوش شکل اوس سۄ باسان۔ تمہِ ڈوٚنُس نہٕ کہیں۔ تس

دوٚہ زلے یِہ کنہٕ فِترہ تام تہٕ ڈاکٹر ڈراو بیٚیہ اسان اسان۔

"یہٕ چھہٕ نرائِتھ ماٗنِتھ مُژرادان، نتہٕ چھُناہ تیاہ۔ اُمس" نرٕس

آیہٕ دوٚہ سہٕ۔ "کوتاہ چالاک چھہٕ لاگان یہٕ۔" تہٕ اوٚس دوٚشوٕی۔

نرٕس اٗس دوٚہ ہہٕ کھوتہٕ دوٚہ ہہٕ شُر بنان۔ سۄ اٗس دوٚنی

تھزِہ سبنڈلہٕ لاگان، یِمہٕ پیٹھہ تس یکنوٗی اوس تگان۔ تمہِ

آسہٕ بُتگرِہ نرِہ لاجرِہ تہٕ نِرملایہ نِشہ اٗسن ساری سوٗٹ

پاہہٕ نیمِتہٕ۔ مگر ڈکہ دِنی جوانی منز اٗسہٕ تس تم شوخ سوٗٹ یمے

کرِتھ تام ہیو گژھان۔ مگر نِرملایہ ڈوٚنُس نہٕ کہیں، یُتھ نہٕ تس

# وۄنۍ کٔہنٕز وُچھہ وآرۍ؟

وارڈ اوس ملگزار ہیوٗ باسان۔

سارِسے اوس موتُک ہیوٗ پھیوٗر مُت۔ صِرف آس مُنزٕ مُنزٕ
سلامیٚنز ڈُونگہ دارٕ خاموشی پھُٹرٲوان۔ نرن دُویِہ راتہٕ مُغل وُنگان
آسہٕ۔

نبہٕ چاچہٕ آو وَدان وَدان تہٕ پیوٚ دروٚہہ کرِتھ بیڈس پیٹھ۔
اپارِہ وارڈس منز آس تس کُور وُنی موٗمژ۔ نبہٕ چاچہ اوس تمِس
لارِتھ ہیوٗ۔ تس زن اوس تمۍ سی منز زٕو۔ وُدی وُدی آسہٕ تس
اُچھو رتہٕ تہٕ ژانگی ہِش گامژہٕ۔ ساریٚنی گو تمۍ سُند ذرہٕ ذرہٕ تہٕ
سوٗرُوی وارڈ لوٗگ ودنہٕ ہیوٗ۔ گگہٕ کھوٗژ تہٕ سہ لاروٚ بسترس پیٹھ

نِرملایہ کوٚرِس ہِزل۔ ڈاکٹرس کھوٚر سنٛخ یہ وَنُن۔

"سوٚ نۄسہٕ چھِنہٕ بُنیان۔ سۄ چھےَ میأنی زندگی۔ آشایہ ہُنز

لِشأنی! مایہ تہٕ مُحبتُک اَگُر۔ تتھ چھُ اَکِس اَکِس دامِس منز

آشایہ ہِنٛز محبّت تہٕ مایہ بھرِتھ تہٕ سوٚ چھےَ میأنِس شرِس مأجی

بَنِتھ واجینہٕ۔"

نرسہِ گوَ سہٕ اَسُن وۄتھَن ییٹھی شِشتھ تہٕ اتھہٕ منزہ ییٚیس

بُنیان تہٕ ییرہ ڈیٚنجی۔ ڈاکٹرس گوَ داہ وۄسِتھ۔

"یہٕ کیاہ سہٕ کوٚرُوٹھ تۄہہِ۔ وۄنی کُس بُتھ ہاوہ بہٕ آشایہ بچارِ

کِمہٕ چاڈہ چھِن دۄنمژٕ۔" سہٕ دۄراو کیتھ تانی ہیوٗ گرِتھ بنیان ہیتھ

نرسہِ گوَ زَم ہیوٗ۔ یِتھوی ڈاکٹر دۄراو سوٚ ییرہ ڈیٚنجی تہٕ بُنیان

ہیتھ نِرملایہ کُٹ نرس نالہ متہٕ تہٕ وۄنُس — "بہٕ تہٕ نَے گرِتھ

وۄنی نہٕ ہِی ٹھیک!"

---

سلامن وۆنُس نہٕ کہیں ... سُہ زٲن گو پننہِ کتھِ پٮ۪ٹھ پشیمان
ہیُو تہٕ تِمۍ چھیوٚر کلہٕ تہٕ لۆگ دگہٕ سیتۍ سخ وائے وائے کرنہٕ۔

وارڈس منز ٲسۍ سارنۍ مریضن ہُنٛدِس موٚرٕ ژھاہ ہِش پھیرمژ۔
تہٕ ہُنٛز چاچُن وۄدن اوس سارنۍ دارے ولبسر اوان ... سسٹر
رضانایہِ سوٗنٛچ اندری زِہ ووہ نۍ گوٚژھ نہٕ سلامہ بیٛنہِ کینٛہہ وَنُن تبہ
چاچس۔ تِمہِ نیوو سُہ رَبہٕ رَبہٕ تہٕ ٹھووُن سایڈ رُومس منز۔ واپس
گیہٕ بیٛنہِ ژھوپہ تہٕ مریضو ترٛوو شاہ ہیُو۔

اِنجکشن مِلہٕ ناوان کرے پہِ سسٹر رضنایہِ تبہ چاچہِ مُشرٛنٛچو کوشش
مگر خیال ڈوٚلُس نہٕ کُنہِ وترِ تِر۔ تبہ چاچہ اوس تَس پھیری پھیری
یاد پیوان۔ کاژاہ لَے ٲس اُمِس بوٚٹھہِ ہُنز۔ پان اوس ماران اُمرٕسی
بیتھ۔ سفید داڑ کرِتھ باسیوو سُہ تس کرِسمس کارڈُک بُڈہ ہیُو۔
محبتُک بوٚچھ!

سلامُن آو تَس سخ عار۔ تَس اوس دگہِ سیتۍ زُو ژلان
نیرِتھ۔ مژہِ جوانی منز اوسُن تس کوٚرمُت کنسرِ (cancer)
تہٕ وونۍ اوس تَس گرہٕ نجل گومُت۔ سُہ اوس ووہہ پیٹھٕ دہہ اُدری
اُدری گژھان۔ یوٗت یوٗت تَس دود اوس زیٹھان، تیوٗت

رضا تہٕ گیہٕ کرِتھ تانیٖ ہِش۔ سۄ گیہٕ نبہٕ چاچس نِش تہٕ شانس پیٹھ
اکھ تھاؤتھ پرٕژھنس ـــــ

” ہُسہٕ تہٕ وَدنہٕ منزٕ کیاہ نیرِ ووٚنی۔ لوٚکٕٹہِ ہُند کیاہ سوٗنچوٚہ؟ “
نبہٕ چاچس لگو وارٕے ہکی ـــ ” کوٗرہ ییٚلہِ تہٕ سۄ زندہ ژٕوہ
میانیٚ بنہِ یہِ، میٚژرِ کیاہ حکم کرُن۔ “

سلامن دِژ بڈٕ ہیٚڈ لوٚنگہِ ـــ ” نتہٕ کیاہ اوسوی ژیٚ ـــ میٚہ
زانیوٗ وتیٚلی ییٚلہِ ژیٚ سۄ کوٗر بناؤتھن۔ ژٕہ تراوٕہ من تہٕ یہِ زِندہ۔
پھیشِل کتھٕ ـــ “

سلامنہٕ کتھہِ پیو نبہٕ چاچس اندری زبتہٕ ہیچہِ۔ سُہ لوٚگ وارٕے
لبلہٕ کرنہٕ۔

گلس پھوٚشو سلامنہٕ سنخ ژٕہ اُمس کتھہِ پاٹھو آو ووندہٕ ییٚتھس
مرٕدِ یادمس سپتی پرِتھ کتھہٕ کرنس۔ مگر سِیٹھ رضا یہٕ گو سلامس
کنُ وُچھتھ ذرٕہ ذرٕہ۔ سُہ اوس دأدیٚ ان وارٕے پوٚومُت ـــ
سۄ گیہٕ رتس نِش تہٕ ڈیکس پیٹھ اکھ تھاؤتھ ووٚنُنس لوٚتہٕ لوٚتہٕ
ـــــ ” سلاما ژٕہ کیا ژٕہ چھکھ پیٚژرِ کتھہِ کران۔ امہِ سپتی لگی وارٕے
مُندرتھ۔ تہٕ سُہ کرٕ ووٚنی نیندرِ کنُ ـــ “

گاٹنگِ کران تہٕ پتہٕ اُس سو تَس ناٹسُم ژُھبسی کُن لگان وُچھنہٕ۔
ترٛونزٕ ہیوٗ اُسِتھ تہٕ کوتاہ خوش شکل اوس سُہ۔ کھوسہٕ ژُھبس
پیٹھ اُسس کُنہٕ کُنہٕ جایہِ رِیشم ہِش جٕھ "گگر بچہٕ"۔ گُلس اُمس نو
وُنہٕ تہٕ زِہ تَس کیٚتھ وُلنٕہ دود چھُ۔ مگر سِسٹر رضایہ اُس
پتاہ زِہ یہٕ خونُک سرطان ( Leukaemia ) پاوِہ تَس
کُنہٕ وِزِہ تہٕ ژٕہیٚس منز۔

سارِنی مریضن اُس وارڈس منز عمنی ستھ ہِش۔ تِمَن منز
اکھ کُھ اُس تِمن تہٕ کران ینہٕ ہتھ دواہ کرہن۔ تمی یوت اوس ییٚنُن
دود اندری ہیوٗ تمُت۔ ژُھبِ اُس سو اوٚرِ دُر باسان مگر لوکچارے اوس
تَس لوگمُت دِلس آمہ تاو تہٕ تنہٕ پیٹھ اوس سُہ کالہٕ تہٕ کامہٕ ہسپتالس
منز آسان۔ دأدی اوس تَس کتھن پوچھر دِیتمُت تہٕ دِلس لو کرِہ منز
دِگ پہٕ زِہ ناوِنُک اکھ احساس۔ سِسٹر رضایہ اوس تمُ سُند گوڈٕ
پیٹھے اُسِتھ۔ سو زانہٕ ہے تَس یمہٕ بیمارِہ برونہی۔ تیٚلہِ اُس سو تمیٚسی
اکھِ پلو شوِہ نادان۔ تِمِس اوس پتہٕ نیٚنومُت زِہ بیمار پٔینہٕ وِزِہ اوس
عمس عزہ سیٚتی نیتھر تیار تہٕ ییتھوی تَس دود اوس نیٚنومُت
کتھ اُمس ژٕھینہٕ۔ دِلُک دود گیوٗ اُسِتھی، عزِہ ہُندی دُورِہ ران

تیوٗت اوس سہٕ زیادٕے وولان۔ سہٕ اوس سارِنٕی سیٖتؠ ژٕوان،
تہٕ تیٚہ میٖنان۔ تہٕ سارِنٕی اُس تمہٕ ہنز کھٕر گأمٕژ۔ مگر سِسٹر رضایہ
اُس پتاہ زِہ تس چھُنہٕ یِہ پانس تانی ... سہٕ اوس سو دِکھٕر
دگ للہٕ وان پسٕرہ آمُت ... سو اُس نہٕ تس پننِہ کنِہ دِوان
بأسی زِہ سہٕ چھُ تیوٗت بیمار مگر بیٚلہٕ تمُس پننہٕ ہنن ہنن ییہٕ ہے
سہٕ اوس نہٕ تس تہٕ کہیں وُچھان۔ وُنکین تِہ اوس سہٕ دِگہٕ سیٖتی
ڈُلہٕ گنڈی دِوان۔ سِسٹر رضایہ آو نہٕ تاب تہٕ تمہٕ دِتس مارفین
تہٕ پأوٗنس نِندرٕ۔

یِنہٕ نبہ جا چِنہٕ یوہ ٹٕنہٕ موٕیہ، گلہٕ اوس نہٕ جلسے آمُت۔ سہٕ اوس
سخ تہٕر لوٗمُت۔ تہٕ ... اَرٕ کرِتھ بسترس ... شرٕومیٕت
سِسٹر رضا اُس نہٕ تس کُنٕ وُچھتھ تہٕ ہیکان۔ اکھ اڑہ ژٕوٹ
پوٗش، لیٚس واوَن لنجہ بیٚھٕتھ اوس ژٕٹِتھ نیوٗمُت۔ کالیج
کھٕسہٕ ونوٗی اوس تس یِہ دود گومُت نالی تہٕ لٕتس اوس کالج
پیوٗمُت ترٛاوٗن۔ شر کوتاہ اوس تس بٮ۪یہ کالج کھسنک ۔ سہٕ
اوس گرِہ گرِہ سِسٹر رضایہ عازِہ کأتی بُتھہٕ پٕژان زِہ سہٕ
کر گژھہ بٮ۪یہ ٹھیک کالج گژھن لایق۔ سِسٹر رضا اُس تس

عمَن وونُس نہ کھیں۔
"نبہ چاچیز بوٹنز تہ ہا ہو کلے یہ۔"
"کر؟"
"وُنی!"
عمَن دِیُت لرہ پھرن زن بہ کھنی بُڈ کیتھ اُس!
یُتمِن دو ہن اَسی کاُتیاہ مُودمِتی۔ زن کاُنسہ لرٹھ ہجہ سیتھ اُسی ڈُوِتھ نیمتی!
گلہ آو بیٹیہ بیدٹس پیٹھ تہ ہیٖرن کلہ نلہ ژادر۔ تس اُس از بیٹیہ واُلنِج ژلان نیری نیری۔ سُہ اوس سخ تہر بومُت ہیو۔ زن تمِس یُولِ مُژرِتھ کھو کھہ موت، اوس خواُبی آمُت۔ سُہ گو بیٹیہ عمَس نِش تہ بیوٹھ ڈُس پیٹھ۔
"نِندرِ پھِے نا یِوان، میہ نا یِوان پانس!" عمَن پرژھس
"داتہ پیٹھ ہا چھِ میہ بیٹیہ اُندرہ کیاہ تام ہیو گژھان۔ شاہ تہ چھِم اُندری رادان۔ میہ چھُ باسان زہ بہ ما پیمہ بیٹیہ بیمار۔"
عمَن وونُس نہ کھیں۔ تمیٖ دِیُت بیاکھ ڈُکہ گوٚن۔
"یتھ بیدٹس پیٹھ نا گژھہ نہ بہ نِنہی ٹھیک۔ بو ہا بدلاوہ بیڈ۔"

اوس تس دِل وارَے پھُٹرِ ومُت ... عمنہِ عِز اُس سِسٹر رضایہِ ترِ وُچھمُت۔ ینُن گھرہ بسأوِتھ ترِ اُس سوہ آمُت عمس خبرِ۔ کاتُراُ شکیل اُس سوہ۔ مگر تمہٕ بنزِن اُچھن منز ترِ اوس عمہٕ نوٚی ہیٚو سوٚن دود۔

کس چھُنہ ییترِ دود! یِرٕتھ کأنسہِ کُنہ نیترِ کُنہ بنگو۔ سِسٹر رضا ترِ کوہِ سیہ اُدٕ دُرٕ اُس پانہ۔ تمس اوس ینُن پان بوزنہٕ دَدٕرٕ ہیوٚ باسان۔ یتھ نیبرِ رینجرترِ اندرِ سوہ سُر آسہِ ہٕگمُت۔ نیرِ چاچہِ اوس وُنہِ ترِ ییتھے پأٹھی لیلہِ کران ترِ سِسٹر رضایہِ ڈُجہ اناسَرَے۔ تس وُبراَ اتھہِ ترِ سرِ ینجہٕ پیٚیہٕ ییتھ۔ ترِ سیمنٹس پیٹھ گیس ہارہِ نُلِ۔ چھن، چھن، چھن، چھن!

سأرِسی وارڈس زن آیہِ بوٚنلِ ییتھاہ!

گلہٕ گو اَڈ نیندرِ ترِ اُچھی موٚران وٚوتھ ترِ بیوٚنھ عمس نِشہ ڈوٚکس پیٹھ۔

"کِہو زِ؟"

گلس تجُ بٕہ کِیتھی کرٕ فی۔

"یِہ ہوٚ چھی ترٕ ہا چھ یہے ژوٚپہِ میوٚ ہبوان!"

گگہ وٚدتھُس خوابن منز رأوِتھ ہیوٚ — "اَتھ بوٚنہٕ ییٚس منز پکِھَس اوہن کُس مزہ یِوان — کراپھ — کراپھ — وُچھ یوٚ کوتاہ سوٗر تہٕ لٔژھ واہرأو۔ دارِہ کِنہٕ وُچھِنَس ناچُھنہ وونِدہ یِوان۔ یِتہٕ نَس ہا چھُ میٚہ کھوژُن یِوان۔ بوٚ گژھَے ہُتھ کوٗنس منز۔ ہُہ بیڈ چھُ خالی —" گُلس اوس بُتھِس موتُن پھیوٗرمُت۔

"توٚت دِمَے نہٕ بوٚ گژھنہٕ۔ سُہ بیڈ چھُ فیٚشِل —"

تہٕ سلامن ترٛ وٚونُس وُرِنہٕ تلِکَے —— "گلاٹھیک ہا چھوٗی ونان۔ کُس اکھاہ وٚوتھ امِرِ بیٛٹھ اوٚر دوٚر۔ اُمی کھیٚنِہ سأری۔"

سلامس سیٚتہٕ اُسی نہٕ عُمرَ ترٛ گگہ ورتاوان۔ مگر پژھو کیتھو وِزہ اُسی کُنی۔ ترٛیشوَے اُسی موٚتس کھوژان۔

ترِہ دٕگاہ آو بیٚنِہ تہٕ سلامن ہیوٚت کلہٕ نلہ وُرُن۔ گگہ گو کیتھ تانی ہیوٚ . . . سُہ وٚوتھ تہٕ بوٗٹھ بیٚنِہ عُمرس نِشِہ گوٗلس پیٛٹھ۔ "وَنَے ہے ژٕہ اَکھ۔ مگر میٚہ چھُ پوٗرہ بِہتھ یوٚ تانی نہٕ شین پیٚنِہ، بوٚ نا گژھہ نِہٕ ہٕی ٹھیک۔ شِین پیٚنِہ، یِہ سوٗر ترٛ لٔژھ گژِھ تل۔ پتہٕ وُچھکھ ژٕہ پانَے بوٚ کیتھ گژھہ۔ بوٚ نا دَرے یتھ بیڈس پیٛٹھ وونی۔"

"ژٕہ چھکھ زِیادَے وَسواسی . . . . . . وولہ ژٕہ تیٚلِہ میانِس

"اتھ کیاہ چھُ؟ ژٕہ چھُکھ زِیادَے وَسوٲسی۔" عمن پھِرُن تھ

"یِہ ہیکہ نہ یُتھے دٕرِتھ ووٚنی۔ یِمہٕ دارِ کِنی چھیہ میٚہ سیٚود باغس کُن نظر... ... وُچھان چھُکھنا بوٚنہٕ کُس چار آدمی یِمن یِہ بوٚنہٕ پِنزارِنس۔ دٔہی لبکھ وُنِتھ تہٕ سارِسی دُرمنس لوٚگ آمہٕ تاو یِہ ژھوٚٹ تہٕ سوٗر وُچھُن تہٕ چھُم میٚہ ہٲ بتھ ہیوٗ یوان۔"

عمن تہٕ دِژ نظر۔ بوٚنہ اوس سارِسی ژٕنہٕ تہٕ سوٗر داہرأوِتھ تہٕ سیٚہ منزس اوس شاہ تُلہٕ کُل یُہُے وَدان ہیوٗ۔ تمہٕ اوس پَن چھکنیو مُت تہٕ ٹھونٹھر اُسِس نیٚنی دراہتی۔ ترسہٕ اوس یُہُے ژٕنڈ ہیوٗ باسان۔ عمس بارِہیو سہٕ یُہُے اُڈِجہ کھانکھر ہیوٗ۔ زن یِہ اوس سلامہ نِیتھ نُنوی تیرِ ہوٚت ووٚنی۔ تمہِ دِژ لوٚتی سلامس کُن نظر۔ سہٕ اوس بسترس پیٚٹھ نرہیوٗ پیومُت تہٕ تَس اُسی وِچھ کاٗنی نیٚنی دراہتی۔

یِتھُوی سہٕ آمُت اوس، شاہ کُل اوس نیلِہ پَنہٕ بھوٚرُتھ۔ یُتہٕ یہٕ تیٚتہٕ اُسی تمہٕ شاہ تُل کنہٕ دوٗر ہیوی اویزان۔ شاہ تُل یکہ مُدری ووٚزلی ــــ مازبھرِتھ یمن رس اوس لٔشپان۔ عزہ ہُندی وُٹھ ہیوی تہٕ تمہٕ ژھوٚٹ زیوٗرِتھ ووٚش۔ بیٚتین کتھن پھیرُ دِنہٕ سیٚتی کیاہ نیرِ ووٚنی۔"

اکھ اَکِس ستھ۔ پتے گوٚ رٕمَن دُور پر ... ... ڈلیل گیہِ پرٕ زِہ کینژہ کالہ پتہٕ ہیوٚتن عمہٕ پیُرن۔ تِمس آو شاہ والیس تہٕ سہٕ دٕرا و مُنزٕ مُنزٕ وان تانی ترٕ کام کرنہٕ۔ مگر سلام گو دوہہ کھوتہٕ دوہہ پتھ پتی تمس تیُج نہٕ دگرٕ تھپی تہٕ سہٕ رُود کرایہِ منز گرنہٕ بندٕ یا اُٹھ چھو رہ چھو رہ کران۔ پنُن پنُن نصیبہ!

مگر سلامس آو عمَن سِتی اَزر دُن۔ زن سہٕ عمن ذٕ اِنتھ ما اِنتھ اوس بیمار پوٚمُت۔ "اَمِس اَمِس رٕاے دوہے روزہ اوٚر دوٚر۔ کھینٕ کیاہ چھہٕ ماران سِسٹر رضایہ سِتی۔" سلام اوس تس کُن پاٚوی پاٚوی وُنان مگر سِسٹر رضایہ اوس نہٕ ذٕنٕہی رعبہ آمُت۔ سہ اَس ہِشی دوٚنی کرِتھ۔ مگر عمنٕ اَس سِسٹر رضایہ سِتی شُر پتھ۔ کیاہ ترٕ اَسی تن بیمار پیٚتھ ترٕ اوس عمہٕ وُنٕ تِتھوی شکلہِ، یوٗسف ہیوٗ۔ کوتاہ اَسہ وُن تہٕ خوش یوٗن اوس سہٕ تیٚلہِ۔ تیٚلہِ کیاہ رات ـــــ کالہ کاچہٕ کاٚتیاہ دوہ گیہِ تنہٕ ـــــ تیٚلہِ اوس عمہٕ دوستہٕ نوٗرس سِتی کام کران۔

نوٗرس اوس اَمیرا کدلہٕ بینہٕ پیٹھ گوٚس پیٹھ وان۔ زنانہٕ پلوکٹِنس منز اوس سہٕ مشہور۔ عمس اوس تمہٕ بندِہ کھوتہٕ ترٕ اکھ صاف۔ نوٗرنس شوٗنٕتس پلوس ہے بھوٗٹ نیرِہ ہے۔ عمہٕ نِس پلوس اَسس نہٕ

بېڈس پېٹھ۔"

تِمو بدلاۆی بېڈ۔ مگر گُرِنس بېڈس پېٹھ بِہتھ آو عمس تہٕ یُہے
ہاُنبتھ ہیو۔ سُہ وۄتھ تھوٚد تہٕ کوڈُن سورُے پان نِبر تہٕ زان وۄنُن
پانسی سیتی۔

"کوہ ہار چھہٕ وُلِتھ... ووہٕ فی نالگہٕ رشین پینس ٹائر۔ رشین ہا
چھہٕ پکان۔ اُسی گژھو ساری ٹھیک۔"

"رشین ہا گوٚژھ پیوٚنی۔ یو ہا گژھ تِمہٕ دوہہ کالج۔" گلس گیہٕ
بیٚیہٕ ستھ ہِش تہٕ سُہ لوٚگ تِمس سیتی بیٚیہ کتھ کرنہٕ۔ عمہ رُود وُس
ماے لاگِتھ بوزان۔ کتھہ کاٗژاہ ہوٚدرہٕ آسہٕ تس زان بلُبلی پچان آسہٕ۔
گگہٕ اوس نہٕ تھکان تہٕ تِمہٕ کتھہ کران۔ کالج ہہ دوہن ہنز کتھہ...
شرُ لاژی ہنزہ کتھہ۔ انہٕ ہارین خوابن ہنزہ کتھہ، پکہٕ چاو، اُشن
تہٕ گندُن۔

عمہ آوس تمہٕ کتھہ بوزِتھ خوابن ہنز ہیوُر ادان۔ مگر سلام اوس
کنن تھوٚپھ دِوان، زان تمِس اندروُن اوس!

سلام کوتاہ اوس تتہ بدلیومُت! عمہ تہٕ سلام اُسی یکہ وٹہٕ آمتی
ہسپتال تہٕ تِمہٕ ساعتہ اُسی دوٚنوے سخ بیمار۔ تِمہٕ ساعتہ اُسی تِم

دوستس توٚر سوٗرٕ دی فِکرِ زِ چار کتھ چھےٚ تہٕ دوٚپھس اسان اسان —— "تہٕ ہا چھےٚ پوٚز۔ مگر زٕ و ترِ ما چھےٚ مارٕن۔ دَرہ کھاہ رائی وُنِندرِس ؟"

عمٕن ہاوٕ جوان جائلِی —— "نہٕ حفض میٚہٕ چھا دوہے کرٕن۔ یِم دوہ چھےٚ آمیتی !"

پتہٕ آو نہٕ عمٕس بوزنے زِ دوہ کیاہ ڈوٚل تہٕ رات کیاہ گیِہ۔ پھاو دِتھ اوس سُہ گاش پھولنس تام پکو سوٗان تہٕ زادٕیِل طِلہ چھاوان سکھ پوٗرہ ناوان۔ شوقس منز ژرِیوٗٹی نہٕ تمٕ نہٕ تمٕس ماچھےٚ نہٕ قدم ٹیکتھی نشانٕش کھسان۔ تمٕ کوٚرٕنہٕ اوٚرکٕن نٕ دوٚنی۔ سُہ اوس غرضس آمُت لاینہٕ۔ یوٚتام تمٕ مشین تہٕ ہینچ ہلاوِتھ نوٗرٕان نیٚو و سُہ ڈاکٹرس۔ سُہ ییٚو و آسمانہٕ۔ سُہ اوس لوکچار پانہٕ پلنٹہٕ دِلکٕ دود للہٕوان تہٕ دوہ نی اوسُس نٕنیومُت۔ ہسپتالہٕ نیرِتھ باسیو تس سارُوی دُنِیا ہیو۔ عزِہ اوسکھ کھاندر کوٚرمُت۔ سوٗے عزیمٕ سِندی خواب تمٕ وُچھِس سیٚتی نالہٕ متہٕ دُیِتھ آسی تھاوی متیہٕ۔ تمِ پتہٕ وُتلیو نہٕ دُبارہ تس اوس سُہ تُے بیٚروٚکھ اُسٕن مُشتھ گومُت کام کرنس آسی زٕن تس مارنہٕ نوان۔ مگر زِندہ روزنہٕ خاطرہ اوس

ٹیب تہٕ ہیجو آسان۔ صُبحٕ پیٹھٕ شام تام اوس سُہ کوٹھو تہٕ کاٹر بلوِتھ
پکو شعان۔ کلج کورٕن ہُندی تہ نوٚبن نوٚشن ہُندی پکو۔ تہٕ یِتھوٚی
وٚردن مشینہٕ پیٹھ کھاٚرِتھ ناٚس طِلہ اوس چھاوان۔ تمِس اُس
عزٕہ ہُنز اُنزنہٕ گردن یاد پیوان تہٕ زنگ برٕنگی چھیٚٹن پیٹھ پوٚشس
وُچھِتھ اوس تس عزٕہ بوایہ یاد پیوان تہٕ ژوٚہ واپاژی اَسِس
مُشکنہٕ اَدفر لیوان وٚاہراونہٕ۔

رشیدٕ وُہری یِتھوٚی تمہٕ عزٕ درگاہ وُچھ، تمِس آیہٕ اُچھن ٹکر۔
عزٕہ اوس قد کوٚڈمُت۔ گاہ اُس تمٕ اوان۔ تس پیٹھ درے یِہ نہٕ تس
نظری۔ نوٚرٕ اوٚسس وٚونمُت۔ کرِ ساوٕ دِ نی تیاری۔ مگر عمرہ اوس
ناتیار۔ عمس اُس یِتھ پاٹھو کاٚفی کماٚوُ۔ مگر کھاندر چھا دِچھ دارِ پاٹھر۔
پور سہ کرِہ کھاندر تہٕ۔ تہٕ اَمہ عزٕہ کمہٕ چھٕ خمہ۔ ییتھ یُتھین بڑُ وُنھین
ارمانن پھُٹ نیرِ تہٕ وُکھ تھوٚن دندن تل اوٚنگج۔"

کاٚم بنہٕ تس۔ اَتھس منز اوس تس کسب۔ تس اُسی سونہ گو۔
شامسی گوسہ دوستس نِش۔

"کھاندرن ہُنز چھہ گہ بکھد تہٕ کھاندر کامہ چھہ مسخ چار۔ چھُنا صلاح
بہ کرِہ رٕ وتلہٕ کاٚم۔"

مێتھر ہیوان یتھوٕی تس پھیکێن اتھہٕ لوٗگ، تمس لوٚگ ترٛٹ ہیوٗ۔ جمیلنہٕ سۄ اُنزنہٕ گردن زن کانٛسہِ طباشیرہ گرِتھ اُس بناومُت۔
جمیلن وٚونُس بُتھہ پھیرِتھ ــــــ "بُتھہٕ گرٛدھی کافی
TIGHT آسُن۔" تمِس اوس گنڈہ دِلہ ہِش سارٛدھی کلہ پیٹھہ ڈٕجمُت۔ تہٕ مڈرف ــــــ مڈرف ــــــ اوس ننٛزیا عطھی

لِوان بوزنہٕ ــــ

کانٛزاہ خوٗبصورت اُس سۄ!

تمس آو دُتارہ ہیوٗ یُتس باسیوٗ زن تہٕ تس اوس خوٗن گر بکہٕ دِوان تہٕ دوفی ینٛ لتس ناڑ پھُٹِتھ۔ تمِ دوہہ آیہٕ نہٕ لتس ژیرتام نِندرے۔
یتھوٕی تمہٕ جمیلن سُوٹ مشینہٕ پیٹھہٕ کھور، تمِس گیہٕ بدلی حالت۔ پھیرِ پھیرِ اُس تس جمیلہ اُچھن برونٛہہ کنہٕ یِوان۔ طباشیرہٕ ہِش پرٕی گردن تہ دزہ وٕنی پھیکی تہ مڈرف ــــــ تہٕ سہٕ رٛود مشین چلاوان۔ مڈرف ــــــ مڈرف ــــــ کھرِ کھرِ کھرِ کھرِ ــــــ
مشین رٛوز بےٚ دایہ یِوان! کھرِ کھرِ۔ کھرِ کھرِ
تمایہِ کہو گوٚدِ ژیرٛہ؟

کأم ضروری تہٕ سہٕ اوس زندہ رُوزِتھ۔ پوٚز یہِ اوسہٕ سُوی عمر ـــــ !
صُبحہٕ پیٹھہٕ شام تانی اوس سہٕ کوٗٹھی تہٕ کأر مِلوِتھ ژُکہ ہُنزن نوٚشین
کورِن پکو سُوان وردن، یِم سہٕ اکھ وِزہ عزہ شُوہ ہے۔ تِم طلبہٕ
نالہٕ کرِتھ پھِرن بیٹھوی سہٕ مشینہٕ کھاران اوس، تس اَس مشینہٕ
ہُنز سرژن ہیتہٕ ہیتہٕ پھیرہ سینہٕ ژو مبان تہٕ زِدہ پیرِنی کران۔

کأم کرنس اوس نہٕ تس وُنہٕ تہٕ بجورہ۔ پکون اوس سہٕ موکھ
کڈان۔ سأری کأم أسی تس دوہہ کھوتہٕ دوہہ پوختہٕ نیران۔ نوٚرہ
اوس نہٕ کأم رٹنس پوشان۔ فارم ( FORM ) کڈنس کُس
داہ ہے تس۔ بحمک اکھ اکھ CURVE اوس ٹھیٹھہٕ کڈان۔

تِمہٕ دوہہ جمیلس میٚژ ہیوان گوتمس یُہے کِتہ کِتہ ہیوٗ۔
اُمی جمیلس اوس تمہٕ ازتام ہیتہٕ پھیرہ میٚژ ہیوٗتمت۔ مگر تمہٕ
اوس نہٕ ژانہہ اُکھ تلِتھ تہٕ تس وُچھمُت۔ پوٚز از ـــــ
کأژاہ خوب صورت باسیہٕ سو تس، برابر تمی ہُنزہ عزہ ہش۔
جمیلن وونس بیٹھ دِتھ ـــــ "اُتھی ہسہٕ اکھ گرِ ھی نہٕ اکھ
ڈوکھ تہٕ روزن ـــــ"

عمن بجورِ فیتہٕ۔ تہٕ تمس ژایہِ اکھن تھرہ تھرہ۔ پھیٹکِن

تہٕ تس ووگ نہٕ پتہٕ ہی زِ سہٕ کر وُوت بیٚنِہ ہسپتال۔ ہسپتال
دأنِتھ اٚسو تس زِندٕ رونٕکۍ تسلاہ گأمِتۍ ۔ ۔ ۔ تس اٚس خوابن
سٟتۍ کھرٕہش گامٕژ۔ "ییٚلہِ نہٕ عزی اٚس زندہ روزنس کیاہ بوو۔ یہِ
دِلُک دود للہٕ وا عمرٕ" ـــــ ہسپتالس چہ لبہ آسہٕ تس کھینہٕ یوان۔ سسٹر
رضایہ یوُت اوس تمۍ سُند دود ژِیونمُت، تمۍ زن اوس تمۍ سُند دود
دأنجہ سٟتۍ لوگمُت۔ سو اٚس تس وِزہ وِزہ تسلاہ دِوان۔ یہٕ زِیٹھ تہٕ
ویہِ دُنی بیمأری اٚس نہٕ تمۍ دُنہٕ ژِینہٕژی۔ تہٕ تمِس اٚس منہٕ منز بیٚنِہ زندہ
روزنٕچ ژرٕتن پیمژٕ۔ زندہ زُدسی چھہٕ سودُوی تہٕ سہٕ اوس کُہ اچشمو لگان
سسٹر رضایہ وُچھنہٕ۔ ساری وارڈٕچ موج۔ تہٕ عمہٕ اوس تس سٟتۍ
شرٕ سندی پأٹھۍ مژر کران۔ نوُن اوس عُمس بند۔ مگر ییٚلہِ سہٕ مُچلہ
لاگہِ ہس، سو اٚس تس ژوُرہٕ ژھینہِ نُونہٕ ٹکھ تہٕ دِوان۔ منزی منزی
اٚس سِسٹر رضا کامدِنشہ ہو کلہتھ تمِس سٟتۍ گھنٹن کتھ کران تہٕ تمِس
اوس مُشتھ گژھان زِ سہٕ چھہٕ بیمار۔ کوتاہ یا نیاد اوس تمۍ سِنزن
کتھن منز۔ عمس اوس نیکومُت زِ سو تہٕ اٚس منہٕ منز خبر کیتۍ داٚدی
للوان تہٕ سو اٚس تس پننہٕ کھوتہٕ تہٕ زیادٕ بیمار باسان۔ تمِس اوس یادن
کُے حال رودمُت تہٕ ڈاس دوہس بجہٕ نیأمتین تہٕ دولیأمتین بیمارن

مڈرف۔ مڈرف

سُہ لوٗگ زورٕ زورٕ مشین چلاوٕنۍ۔ کھری کھری کھری ـــ

"یہِ کہو خرافات چھُکھ سوچان!"

مڈرف ۔ مڈرف ـــ کاٗژاہ شکیل چھِہ جمیلہ !

یِتھوٗی سُوان سُوان تَس سُوٹس اوس اتھٕ لگان تمِس اوس سُہ توٗنت ہیوٗ باسان۔ زِ تتھ جمیلہ ہِنٛز پانگ وُشنیر اوس توٗرِ مت ـــ

توبہ کرِتھ تِ اوس سُہ یمے کتھہ سوچان۔

پھمبہ تماسس آس تیمبر پیمژٕ تہٕ اُندری اوس آلاوٕ تہٕ جلاو وُہان سُہ روٗد تیتھی سُوٹ سُوان۔ پرٕنی، کاژرۍ، بٹچہِ ہاری، انگوٗری، رامہ رامہ بھدرٕنی دونٕ ہُندی رنگ تہٕ رنگن ہُند زوٗل۔ ریتی ٹایٹ ( TIGHT ) یِم نہٕ چھُنڈٕ سیتی دوٗتھن۔ حسین ڈرایہ پوش توٗل، پرین ہُندی سُوٹ۔ اَنہیرِ شن تہٕ مانزٕ چھیٚنِن ہُندی سوٗٹ۔ یمن اتھہ لاگنہٕ تس اُندرٕ سرسر ہش آس لگان۔ کھری کھری کھری تہٕ مشینہٕ ہنٛز گانگرارے آس تیزان، زِن تس ننہٕ ژمہِ کاتہہ پھہرہ واو اوس پیرہ ناوان !

تہٕ سلام وونُتھس خشمہ سان —— " سو ترٕ گوڈہ تارِہ گامٕژ تہٕ
ژٕہ کتھ چھکھ ژٕ دِرِہ تھوان اسہ نشِہ۔ اُسی کیاہ دُشمن چھی یہ ترٕ کرُتھ
اسہ چھا کاژِہ تیمبرٕ۔ نتہٕ وانہ ہے اسہ تھی سو کھڈ دیتھس۔ "
عمس گیہ گلہِ زلو۔ سأری گے کتھی تانی ہیوی۔ سلام لوگ بینیہ دگرٕ
ستیتھ مونی ستدی یاکھی چینوہ دارے کرنہٕ۔ گلہٕ آو تہٕ بیوکھڈ عمس نشِ ترٕ
عارہ کیتہٕ بُھتہٕ پرٕ ژُھنس ——
"سلامس ہا چھہٕ سخ دود۔ یہ دگ چھنہٕ اُمس تھپی تلان۔ وونی
گیُوس ینُن پان اَسِتھی' یہ چھہٕ بنین ترٕ ولِسرادان۔ "
عمہ آوس پانہ ترٕ دلسی یومُت۔ تِمُس تجُونہٕ کتھی کرنٕی۔ تمُ زدن
سلام ترٕ چھُ ووُنی اینزُدی۔ وارڈس منز کاٹھیاہ اُسی مومتی....
وارڈس منز ہیے اکھ ترٕ مرٕہ' وارڈس چھہٕ اہرٕہ ہیو بہان تہٕ سأری
مریض چھہٕ اکھ اکس دگان وُچھنہٕ زٕہ یمہٕ کٹہ کھیلہِ منزٕ کس چھہٕ
دوہی کاژِہ تل گژھن۔ عمہ کھوژ ہیو۔ مگر عمس گنے یہ زِندہ روزنچ
کل زیادَے تہٕ تمُ دیت پأنی پانس تسلاہ' ییلہِ تمُ بندِہ کھو ترٕ
علیل بیمار ترٕ اُسی اٹرٕ ورٕی دوتھان۔ تِوہٕ خلکے سہٕ وارہ کارہ
اوس۔ مگر سلامس کُن وُچھتھ لجِ تس اُچھ تاوس تہٕ سہٕ لوگ ژورِہ

سینتو دِل دِتھ اوس تس تہِ بھسہ ہیوٗ لوٗگمُت۔ سفید پکون گرایہ دِوان
یِتھوٗی سو پکان اُس، عمس اوس باسان اتھ سفید کفنس تل چھ سیسٹرہ
ہُنز لاش۔ تِہُندی تل کترِہ مشں۔ مگر زِندے ـــــ زِندہ لاش !

تہ اکہِ دوہہ یِتھوٗی عمہ درٛاو شامن اوس تمہ سیسٹر رِضایہ ہُندِہ
خاطرہ اونمُت سوٗٹھ سوٗتھ۔ سوٗرخ عنابی رنگس پیٹھ۔ سو فیچ رِضایہ
دِوان وُچھ سہ سلامن تہِ۔ تتھ اُس اوٗنٹھ ننی تہِ سلامس آیہ اُچھ
پھیٹھ دِرامژہ۔

سلامن اُس سارِنی رِشں پارے دِژمژ۔ تہ عمہ اوس نہ کانسی
رِشں اُچھہ دِنہ لایق تہ رُودمُت۔ مگر دُنتھ اوسُس نہ ہیوٗکمُت رٹھِ
موٗمتِس کیاہ ماڈمژہ !

دوہ نی اوس نہ تس کینہ تہِ۔ وونُن تہِ ونِہ تن۔ تس کُس رِ ٹِہ
جاگیر۔ مگر سلامن اوس یہِ زہر گلس تہِ باٗمُت۔ گلُن اوس تس اکہِ پھرہ پراژد
ہنزی اُسِتھ پرژھمُت تہ ـــــ دوہ نی کرسا چھ خاندر۔ ۔ ۔ ۔ ۔
رضایہِ سینتو۔"

تہ عمہ اوس کوٗل گومُت تہ پتہِ وُدھس لو تہِ لو تہ ـــــ "کھوروسہ بچارہ
طوطہٕ۔ تمِس رُود نا بیٛیہ کہیں میٛہ رٛوس ـــــ"

"میٚ ہا چھُ باسان بہٕ گژھہ بیٚیہِ بیمار۔ کاٗژاہ اِنہٕ گٹہٕ چھہٕ نبرہٕ کنہٕ۔ تہٕ یہِ ہٚوچھِو ژھٹ، شین ہنا ہا گژھہ پیٚنہٕ۔" سُہ زان اوس نِندرِہ منٛزی دِوران۔

"عمرہا اہٕ بہٕ چھُس دِوان، کر ترادِہ میٚ یہِ بیمارٕی۔ کُس دوہ آسِہ ییٚلہِ بہٕ بیٚیہِ واتہٕ کالج تہٕ وُچھن جمیلہ۔" گُلہٕ رود خوابن منٛز۔ "کوسا جمیلہ؟"

"سو چھےٚ میٚہ ستی کالجہِ پران۔ یا تہٕ وُچھہن گاش ییی!"

تُسند سورُے اہار پِہٕ ژھتہٕ وٚنُس عمس۔ "آں بہٕ زانن۔ سو چھےٚ میانی گراکہٕ بھاے۔" تہٕ تمِس پھیوٗر اندری دُشنیر ہیو۔

"کِژھ چھےٚ؟"

"طباشیر ہِش، گرِتھ تہٕ ژٕرِتھ۔ سُنہٕ کٕسرِ ہا سُنہٕ کٕسر!"

"راتھی وُچھم وانس پیٹھ۔"

"کوتاہ پھیوٗر تس میانہِ دادِیک۔" گُلہٕ زان رود بیٚیہِ خوابن منٛز سلامن گیوٗندنس برٛیڈِہن۔ "پھیوٗرمُت آسہِس۔ توے چھے نا دوہے پوان خبرِہ۔"

نظرِ سارِنی بیمارن اَنگہِ وَنہٕ زِ اما دٕہٕ نی کسنز دآری چھہ ـــ تہٕ
یتھوی سٕ پانس بیٹھ اوس واتان، تس اوس ہوہ کھان ہیور۔
گگن ورِژس زیرِ ـــ "عمہ صائب کیاہ سہ چھکھ سونچان ؟"
عمن دوُنس نہ کہیں۔ تہٕ گگہ گو شوُو زد ہیو۔
اَرِ دلِ کرِ بجلی ژھیتہٕ تہٕ سارِسی پھیور موتُن ہیو۔
ہبری کنز اوس اتہِ گہِ ہند سوُدر ہیو۔ وارمٕہ اوس دُہی دآوی
ہیو باسان۔ اتہِ گمہ اَس تیز گنز زہ اتھ سیتی ہیکہ ہون سائِتھ۔
عمس باسیو گگہ اوس بیئہ پتھ پتھی گژھان۔ تمِس پھیور سرِ ـــ
اَرِ گتس منز تہِ آیہ عمس گگنن شکل بوزنہ۔
ژھہ پتہ دژھہ اوس گگرہ پھرُن دِوان۔ تمی پزُورژھس لوتی۔
"گگہ صابا، کہو نیند چھے نا یوان ؟"
گگہ ووتھس کھوُژی کھوُژی ہیو ـــ "میہ ہا چھ یہے دِل ہیو
داوان۔ اتہِ گتس منز چھ میہ وارے کھوژن یوان۔"
"ژیہ ہا چھوی زیادے وَہمہ۔" عمہ دوتھ تھوُد تہٕ تراوُن بجلی
تتھ اَندی اَندی آسہ زلرنہ آج۔ گگہ اوس تھریومُت، کھوُژمُت
کیٹھ مونگرہ ہیو، تس کاژہ تل آسہ لوگمُت۔

پڑدن دود بیٔنیہِ دوٚ تلیتھہ آمُت تہٕ اُمِس چھہ CRISIS۔ خوٗنہٕ روٚس بچہ نہ کینہہٕ۔

"شہ کتہِ بنیَس خوٗن ؟"

سِسٹر رضاتہِ اُس از یا ٹبرے مژہش۔ تہٕ عمن تراؤ گلنہٕ کتھاہ تہٕ شہ بیوٗٹھ لَس شاندس پیٹھ تہٕ تمِس باسیو زِہ شہ تہِ بیٔنیہ بیٔنیہِ بیمار۔

سِسٹر رضایہِ اوٚن پوشہِ گونٛداہ تہٕ تھاوُن دَواہ بوتلہِ منز گلُس شاندس پیٹھ۔ گُلن مژرہ اُچھہٕ تہٕ ٹوٚگ پوشن کُن وُچھنہ ...... تمِس آسہٕ اُچھہٕ تارکھ ہشہ ژوتان۔

گُلن پھیوٗر سارنی۔ سارِسی وارڈس زین موتیٖنٛز ژھٹ کڑِتھ۔ سلام تہِ آد پننٛز دگ للہِ وان تہٕ تس تہِ آو اوٚش۔ " یہ رٕ بچور ہا گوٚژھ بچنوی۔ "

تہٕ پتہٕ کینٛز گو نیٖب چاچہِ یہے پاءِ ہیوٗ ۔۔۔۔ تمہٕ دِژ خوٗچنٛز بوتل تہٕ بیوٗٹھ گلس نِش تہٕ ٹوٚگ اتھہٕ تُلِتھ دُعائے خیر منگنہِ ۔۔۔۔ " وونٛدمیہ رٹھ۔ " تہٕ تس آو اوٚش۔ سارِی اُسی تس کُن وُچھان۔

نیٖب چاچہِ۔ محبتُک بوٚچھ !

گُلس لوگ نِرِلہ بونگ۔ " یوٗت کوٗنت پیِہ ہم۔ تہٕ کرُتھ ژیٖہ کیاہ
چِیٖنٹھ چھےٚ ــــ "

" اکھ تُہی پُرژھ تہٕ تمہِ دوٗپ تریٚیہ پھیرہ میہ چون وانس پیٹھ"۔
عمن رُٹ کتھ تہٕ سلامن ژھُن ٹھاہ ٹھاہ کرِتھ اُسن ۔ " پُرژھمت
آسِ نےٚ۔ "

" اگر ہا پگاہ ییِ یوٗت ہا دوٗبھکس ییٖن۔ "

سلامس آو نہٕ بییہِ تاب۔

اُمہِ دوٗن نس تہٕ آیہِ سو۔ ووچھ کیاہ چھکھ الاندین تھیپہ دِوان"۔
گُلس شٹھیو دِل سلامہ نِیو کتھو سیتی۔ تمن منز اوس نان زہر۔
عمہ دوٗتھ تہٕ کرِن بجلی ژھیپتہٕ۔ سارنی گیہِ بییہِ ژھوپہ۔
دوٗرِہ اُسی کتہٕ تام ہوٗنی وُنگان۔

عمہ رُود ژیٖر تام لرِہ پھیرنی دِوان تہٕ تَس باسیو گُلس اُسی
ہکہ ٹگمتو۔ پگاہ پِھتوٗی عمہ دان پیٹھ آو، وارڈس منز اوس ہوٗی
دوٗتھمت ـــــ

گُلس آسہ لارنہِ گزھان تہٕ سہ اوس ژاسِہ سیتی کھارہ ہنزہ
دمنہِ ہندی یا ٹھی نِمان۔ سِسٹرہ رمنایہ دوٗن عمس زہ گُلس چھ

پیٹھہٕ پٔشین۔ جمیلس تہٕ کوٗت خوش چھہٕ کران یہٕ شین!"

تہٕ عمن دِیُتُس دلاسہٕ۔ "گ [illegible] وان ایہٕ، بوٗ انہٕ نے

سوٗ پانس سیتی پگاہ۔"

سلامس رُود نہٕ بیٚیہٕ پانس تانی۔ "عما کتھ چھُس ہا وان

ہم شاملی تار کھ!"

عمن زن بوٗزی نہٕ، تمۍ رٔشیوٗر گلُس وُرُن تہٕ دُراو دانس پیٹھہٕ۔

شامس ییتھوٗی سہٕ پھیوٗر، سارِی اُس ژھوپہٕ۔ خوٗنہٕ بوتل

اُس موکلے ہٕش۔ گلُس اوس بھسہٕ نیار کم گوٗمت۔ سارِی مریض اَسی

اکھ اکِس سیتی کتھن سیتی مستے مٹی۔ صرف اوس سلامہ دِگہٕ سیتی

چھوٗرہ چھوٗرہ کران۔

تہٕ عمن وٚون خوش گلُس۔ "چائی جمیلہ ہا سمکھے یم

۔۔ آسی پکان۔"

سلامس آو نہٕ بیٚیہٕ تاب۔ "ہتا وُچھ کٔمی سنزن کتھن گو کھ۔

یہٕ کری ژٕیہٕ تہٕ ییرہ وُنی ناو۔ میٚہٕ چھہٕ ذرہ ذرہ گژھان اُمِس

رضایہ مند۔"

گلُس زن بوٗزی نہٕ تہٕ سہٕ وٚوتھ عمس کُن ——

خُونک ڈِرپ اوس لُگتھ تہٕ خوٗن اوس فیرِ فیرِ پیوان۔

ٹِپ ٹِپ ٹِپ ــــــ

شام تانیٚ اوٚسن گلہ ہیٚوتمُت پھیرُن۔ تہٕ یتھُوی تمیٚ اُچھ مُژرہ نبہٕ چاچہ آس الَنہٕ تہٕ وَلنہٕ۔ " یِنہٕ گوٚبراہ ژِہ ہاگژھک ٹھیک۔"

سارِنی مریضن گیہِ وارڈس منز ستھ ہِش تہٕ تم سیمایہ گُلس نِش۔ سلامس تِہ آو شوق تہٕ پرژھُن گُلس ــــ "کہو چھے نجر ــــ"

مگر گُلن پھِر کاڑ، تمیٚ ژھنِس نہٕ کھ تہِ۔ سلامس لوٚگ رکیل۔ سُہ لوٚگ اَندری وُٹھن منز وورِنہٕ۔ تہٕ بیلہِ نہٕ کاُنسی پُوش، وٚتھ عمس کوٚن۔

نبہٕ چاچس آیہ نا دُنہٕ یڈ۔ سو گیٚ رُخ پرِی ہِش بوٹھِنہٕ

تہٕ ووہ نوٚ لوٚگ گُلس پیتہٕ یہٕ چھیرِیاہ بیٚشِل کٹھ!

نبہٕ چاچس پیو زیتہٕ ہیوٗ۔ سُہ وٚتھ کھوٚد، زن تس بچہٕ ٹوپھ اُس لجِژ ــــ "میانین اَتھن چھُہ زہر ــــ" تہٕ سُہ دَراو ہکہ دَوان دَوان وارڈہ منزہ۔

خوٗن ڈرپ اوس پکان ــــ ٹِپ ٹِپ ٹِپ ــــ تہٕ شیشہٕ ژھٹہٕ ہُنز ییٚن اُس وزان ــــ پیٖں پی پیٖں ــــ پیٖں پی پیٖں۔

گلہ وٚتھ نزاپھہ لدہ ہندی باٹھی ــــ "عمہ حا آیہ اُس کر

خوش خوش دِژ عمن سلامس کُن نظر۔ سُہ اوس شوُد نَد
ہیوٗ باسان۔ گُلہ اوس حیران ہیوٗ تمِس وُچھان۔ عمس موٗٹھ اُسن
گُلہ اوس نہ ہم بکہ تلہ ظاہرا وُنہِ تہ دُرامُت۔

نصف رٲژن روو گُلس بییہ شاہ تہ سُہ لوٚگ شانٛشہِ سیتی
دمنہِ۔ سأری مریض گیہ ہوشیار۔ مگر ازتُل نہ سلامن یہ اُکی
پایہ ٹھو وارڈ چکو سیتی نکھس۔ تمہ تہ زُن اُس ہیچھمُت وگ ژالنہِ۔ سُہ
رُود گُلسی کُن وُچھان۔ بڑنرِہ بڑنرِہ اُس گُلس حالت خراب
گژھان۔ سلامس آو نہ قراری۔ سُہ گو تمِس نِش تہ پرٛژھنس۔—

"کِہو چھوی ژییہ باسان گُلو ؟"

"گژھ ہا ٹھیک پانَے !"

مگر سلامس بیوٗ ٹھی نہ۔ تمہ دِژ گُلس کُن نظر۔ سُہ اوس شاہہ
خاطرہ کھمان ہیوٗ تہ تمہ وٗون پانَسی سیتی—"یہ ناگوژھ نہ
بِشینک طماہ ہیتھی گژھن !"

عمس تہ وُژھ تُھر کُندِس تانی تیر۔ تہ دہ نوٚے لگو اکھ اکھس
کُن وُچھنہِ۔ عمر تہِ اوس نہ از سُہ عمر !

راتہ کرِیل جوُریاہ ژرایہِ تہ لگو سارِسی وارڈس زن جت ہیوٗ

زن ہۆ تس بُوزٕھی۔ "گو پیٮ۪ہ جمیلہ ییٚزی۔ ژرٚے وٚنتھس میوٚن"۔ تہٕ عمن ڈائجی کتھ ـــ "از چھہ ییتھ ییٚرہ ترمی۔ بالن آسہِ شین پیومُت۔ از آنہٕ شین!"

گگن ترٛوو ووش ـــ "خدا بوزِن!"

سلامس ژُجی کتھ نیرِتھ ـــ "یہُس کتھ پییہِ شین۔ سارٕسی گرِزہ شِنیاہ تہٕ دُدوَن۔"

سارٕسی گیہِ بییہِ ژھوپہٕ۔ نیرِی کنِہ اُسی شاہ تُلہ گُلِس پیٹھ کاوٹاوٹاو کران۔

تہٕ گگہ تہَر یوٚہ اکھ مأصُم دوٚدہٕ شُر، لُس کھوکہٕ مٔتِس کھوژرمُت آسہِ۔ ہوتِھو ژھاے ترِ چھہ یُہَے کھوکہٕ موٚت ہِش!

یُتِہ کنِہ ژاو نیہ چاچہ کھوژان ہونہٕ بُتھ کرِتھ تہٕ گو سیٚو دُوی گگس نِش۔

"مول گوٚہ ووفی ٹھیک ـــ پگاہ رُوزی زہ تیار، پگاہ چھوٚی سِسٹر رحمانایہِ ہُندہِ سال ـــ" تہٕ پتہٕ وٚدُن عمس کُن ـــ "وُچھ دٕرایہِ نا سِسٹر رحمانا ترِ مُژی، کھاندر ترِہے کرِن تہٕ تُسی رُبُودس سیتی ـــ"

عمن دِژ دارِہ کُن نظر تہٕ وٚوتھٕس ہکہٕ ـــ "گُلاّ اَیی ہا جمیلہٕ۔
نِوہ پاٹیک سُوٹھ لاگتھ۔ وُچھ کِتھ کُنؠ چھ رسہٕ رسہٕ پکان!"
"آہنو! تلامیٚ نہٕ دارِہ تل ـــ "عمن دِیت گوٚش تہٕ رُد د
دارِہ کِنؠ وُچھان۔
"دِنہٕ ہیا چھ سٔرُی۔ وُچھ کِتھ کُنؠ چھ شینس گِندان۔ ژِہ ہا
چھکھ نصیبہٕ وول ـــ"
گُلن تجاہِہ کاٚرِتھوٚد۔ تس پیو بیٚیہٕ دوٚرہ۔ تہٕ آوٹاس کرِتھ لاینہٕ۔
عمن لوگ تس اتھہٕ۔ گُلہٕ اوس شِٹھیومُت۔
سلام وٚوتھ ہکہٕ ـــ "گُلاہ!" تہٕ لوٚگ سٔرُی ہندی پاٹھی وَدنہٕ ـــ
سارِنی بیماران گو دَم ہیوٗ۔ تہٕ تِم لگی اکھ اَکِس کُن وُچھنہٕ۔ زن ژھاندان
اَسو نِہ دوٚہ نی کینہہ چھے وارِی؟
تہٕ سلامہٕ اوس دارِہ نیبر وُچھان۔ یِتہٕ دوٗر تانی سوٗر تہٕ لژھ
اَس دٔہرِتھ۔ تہٕ منز باگ اوس شاہ تل کُل یُس زنڈہ ہیوٗ باسان!
سلامن وٚون شہن منزی ـــــــــــــــ خدایا دوٚہ نی کر پیٚیہٕ شین!

کرنہٕ۔

گاش پھولُنی وۄتھ عمہٕ تہٕ مُژراوِن دأر تہٕ وۄنُن خوش خوش گُلس۔

"بوز ہا خُدایِن شیٖنہٕ پیٚنہٕ ہا چھُہ لگتھ۔ راتس چھُہ شیٖنہٕ انبار سمیومُت۔ تہٕ رژھا دَم دِتھ وۄتھُس بیٚیہٕ۔

"سورُی سُورتہٕ لژھہ ہا چھُہ تل گأمُژ۔"

گُلن پھِرناوِ اَچھ تہٕ زَن کھأرِن کھورِہ نیٚبہٕ پیٚبہٕ کتھ۔

"تلا میٚیہٕ تہٕ نیٚتہٕ دارِہ تل۔"

گُلن کرے یِہ تھوٚد وۄتھنچ کوٗشِش تہٕ تس آو وَتارہ ہیوٚ۔

عمن سوو سہٕ بیٚیہٕ۔ "ماکر ووٚنی ووٚٹہٕ ووٚتھ، سنبھال دَم۔

پیٚتہٕ چھُوی دوٚہے وُچھنوی وُچھُن۔"

"ووٚنی ہا گژھہ بہٕ پلنُے ٹھیک۔ از یِیہٕ بہٕ بیٚیہٕ پیٚنہٕ نسی بڈٕ پیٚمٹ۔ یِتھ بہٕ وُچھہ شیٖن پیوان تھوٚ سو تھوٚ سو۔ از گژھہ آسُن جمیکہٕ نیٚتہٕ!"

گُلس اُس کتھ کرنہٕ سیتی تہٕ ووٚنی شانش کھسان۔ تہٕ اَتھو منز پھیوٗرُس سو سنیار۔

# پننٕ بأژ

شامس وأژ لأری ژیری پٔھن گام ترتھوٗی اڈٕہ پیٹھٕ غفار دسہ رسہ ہیوٚت تٕ گھرہ کُن پکُن۔ تس باسیوٗ گامس اوس نہ تیتھ رٕکھیں بدلیوٚمُت۔ نزن سٕہ دا اتھ اوس گھرہ درامُت ... امی دتٕہ اوس سُہ شیٚہ ربت برونہہ مأجر مرنہ پتہ گوو بہ دِلہ پنجاب دراٚمُت۔ مگر نبیرہ ترٕ اوس تس نٕو گھرہ کنوٗی۔ دوپہ گھرہ ترٕ چھا نہ انہہ پننٕ گھرہ بنان!

یتھوٗی سٕہ ہیرٕ یوٗری تھکہ بونٕہ تل دوت، تس لجوٗ رِسینس سر ہش۔ شیٚہ ربتھ برونٹھ اُس تمٕ جَبل یتہ ہتی وُچھمٕژ۔ جبل یوسہ ہردس منز ترٕ پھوٚجمٕژ ہی تھرٕ ہش اُس باسان، بے فِکر ترٕ مس! غفارس اُس سو نبیرہ ترٕ اُچھن تلی رٕوزمٕژ۔ پھِرن نالہ منزہ اوس

سُہ دۄہہ بُنہِ گٔژھِس منز۔ ترٛن آب یِتھوٗی تس گوڈن پیوٚ، تس
پیو اَندری شِہجار ہیوٗ۔ تمیٚ تیٚج آبہٕ دوٚ ژھاہ تہٕ چھوٚلن بُتھ۔ تمِس
گو سوٗدوی تھکُن مُشِتھ۔ صدرہٕ چندس دِژِن موٚٹھ، روپیہ آسہٕ
یوٚد کرِتھ وارہ پأٹھی۔ سیٚتھ ہیتھ روپیہ — روپیہ — یمِن ہر روزہٕ
غفارس گمُن ہُنز مُشک اُس یوان۔
سُہ بیوٚٹھ پلس اکِس پیٚٹھ تہٕ کھور تھوٚن آبسی منز۔ از شونگرہٕ
سُہ ژٕھرِس گھرس منز کنُومی زۄن۔ پنُن گھرہ وأتِتھ تہٕ اوس نہٕ تس
تیتہٕ کھنہ پنُن پرارن، یُس تس واتہٕ دُنوُی گرم آبہٕ کھور چھلہٕ ہے
تہٕ پتہٕ دِیہ ہس نرم نرم اتھو سیتی موٚٹھ۔
ٹُش ٹُش۔ ٹُش۔ سیں۔ گوٗں!
آپچی اکھ ژلہٕ وُنی گژھ گیہٕ تس کھورہ تلی نیرِتھ تہٕ تمیٚ کھیٚنہٕ ووٚٹھ
ہِش۔ ٹُش — ٹُش ... سائیں ... گیٖں —
پنُن بأژ — وُشنہٕ اتھہٕ تہٕ مس رُمن ہُند شِہجار!
پنُن بأژ!!
یوٚز نیتھر کرِنس گژھن کرن وأل آسنہٕ۔ ہمدرد آسنہٕ!
تہٕ غفارس اوس نہٕ پتہٕ کانہہ تہٕ نہٕ برونہہ۔ نیتھر چھا دیہ وارہ پأٹھۍ

تس وَچھ نُوُی۔ سۄ اُس بے خبری منز غفارس نِش پَچھِ ترٕ لبس۔ کتھ کرنُک چھُنہ سوالی۔ تمہِ اوس نہٕ اُچھی تلِتھ ترِ غفارس کُن وُچھمُت مگر غفارس اوس باسیومُت زِ سۄ اُس وۄشلیمٕژ۔ کتھ اُس ییٖژی! غفارس اوس کالُک بتہ یاد تہٕ شِیٖن رَتن اُس حبکہ غفارس اُچھن ہنز نِندر ژوٗرِ نیمٕژ۔ تس اُس سۄ کارتِھ ژوٗن ہِش باسے مژٕ ژوٗن ـــــ نہ ژوٗن ترِ کیاہ لوِٗ تس نِش۔ ژوٗنہٕ چھُہ آسان کاژھ گومُت ـــــ

جَبل اُس دائن پوش!

دائن پوش!!

دائن پوش!!!

بوٗنہ اوس سُنہ گِلس بیٖپ ہیوٗ آمُت تہٕ گیتھ اُس آبس تمی دٕہکی یأٹھی چھو کہٕ ناوان۔ شور شور شور ... شور شور شور۔

ڈوٗرِ آرہ ڈُنڈی اوس سُنہ گرٕٹہ پھیری پھیری چرخ دِوان۔

ہری چھکہ ہری چھکہ۔ ہری چھکہ

تِتھے یأٹھی تمی دٕہکی یأٹھی ـــــ ییٖلہِ سہٕ پنجاب اوس درامُت تہٕ ہیٖرہ پورہ اُسن جَبل وُچھمٕژ۔

پھٹان پأنسہٕ زینان۔"

"گو بٹسہ واُرچھے بُٹرِتھی۔ دٔپے ہا کوٚت تام روزکھ لُنڈُ ورٕے

وٕنہم ہیٚے تہٕ بو کرٕے کتھ باتھ عمہ چاچہٕ ہٕ حبلہٕ سیتی۔"

غفارن کھیٚیہٕ دوٕ ٹھ ہش۔ تس گیہٕ حبل اُچھن برونہہ کنہٕ یادہ

ترٕ سٕہ وٚوتھس چأری ہندی یأٹھی۔ "کوسہٕ حبل؟"

"یہے ہا ہیٚرہ پور چھ۔ زن نہ زانہ ہن!"

تہٕ غفار دوٕ شلیو انہرشہ کورہ ہُندی یأٹھی۔

زن نہ زوٚن مأجہ زوٚن زانکھ۔ دوٕ لاٹرس ڈوٚل ما لاگ!"

تہٕ غفار وٚوتھس بے مألے۔ "ہتے تیتی پأنسہ کتہٕ انہٕ۔ ڈیچھو برونہہ

پاہن۔ "موخت دیٚدہٕ اوٚس ڈٹھومنزہ۔ "گرسس مأل تہٕ ژوٚڈ

ہیٚبتھ یٚتہٕ کنی!"

دوٚیی دوہس آو ہٕ تس قرار۔ شامس نقاوٕن روپیس پانژھ

ہنتھ حبہ جوس برونہہ کنہٕ تہٕ وٚونس۔ "یہٕ وردن شوٚبہٕ تہٕ کھأری تو۔

تہٕ تمس پیٚیہٕ دیہ یاد۔ واہی اذ آسہٕ ہے زِندہ، کوتاہ شوق اوس

تس نوشہٕ ہنڈ۔ اذ ہُنہٕ ہے یہٕ بہار ڈیچھتھ!"

تأر لجہ نہ سأرِسی، زن سأری غفارنس پننس اُسی یاران۔

بیٔنِہ ترٕ جبلِہٕ سیتی!

یِتھوٗی سُہ بلہٕ بیٹھ تھوٗد ووٗتھ، تَس باسیوٚ بیٚنہٕ پان سخ تھوٗکمُت تِمُس پھیوٗر سخ۔ ناحقے اوس سُہ گھرہ توٗرمُت۔ ہیتا ژھُکھ ہیٚیے بِہِتھ وارہ کارہ کھیوان چیوان، کیتھ اوٗسے وٚکِتھ۔ کہُندِہ خاطرہ ترٕ کوٗت!

گھرہ واتِتھ گوٚ سُہ کُنہٕ نزوٗن کِیتھ تام ہیوٗ۔ ترٕ ییو زِنی موٚنڈاہ ہیوٗ وٕگوٚس ییٹھی۔ لرِہ ییٚلہٕ زِ بیٚنہٕ بٲژ آسہٕ لسُن ترٕ مرُن چھُہ برابری!

صُبحُس ووٗتھ سُہ ژِیری نِندرِہ۔ ژیٚک ژیٚک رۆد اوس پیوان ترٕ وآیی مُتیو کھاہو ییٹھ اَس میٚژہ مُشک ساریسی پھہلیمژ۔ بھتس ترِ روٗٹ تمیٚ تِتیٚ۔ تمو اُسی گانز لاگِتھ گرٕن ژھنمتی۔ ھیتہ کھیتھ کھوٗت تِمُس ہیتھ ہیوٗ۔ تمیٚ دِژھ قمیص شاند ترٕ پیو۔ دوہ اوس لوٚسمُت۔ ییٚلہٕ سُہ موٗخت دیٚدِہ وُزہ نود ——— "ژہ ہا ژھکھ کھرہ سِندی پاٹھی شونگان۔ ییٚژھ ترٕ کیاہ نِندرٕ۔ ژیٚم سینوی نا وٕگوٗ ترٕ۔"

موٗخت دیٚدِہ ہُنزن کتھن منز آو تَس ماجہ ہُند ٹاٹھنیار بوزنہٕ ——— ہتے ییٚلہٕ وٕگوٗ سنہٕ لوٚگ، کوٚر تیٚلہٕ کار ——— نوٗن چھُہ

چھا زِیادہ کھیوٚن۔ کم دأہ بأژ چھی یتہِ۔ سُہ کُس پھیرِہ ہٹرِہ ہٹرِہ۔"

تمہِ دوہہ اوس سُہ شُلی کامہِ پیٹھہٕ آمُت تہٕ ججل اُس نہٕ گھرہ۔ سو آسہِ ہے ظاہرا مالِیُن تانی گأمٕژ۔ پراران پراران گو سُہ کُیتھ تانی ہیُو۔ سُہ گو حأران زِہ بروٚنہہ کیتھہ کنُہ اوس سُہ ججلہِ روٚس زِندٕہ۔

ججل یتھُوی آیہِ، تمُہ کرُی نہٕ تس سٟتی کتھی۔ تس اوس زان سوٚسُن پھیُورمُت ـــ کاژہ زُون ـــــــ وُدی وُدی اُسی تس اچھن پھوکھٕ گھتمتو ـــ "بلایہ ژھُنز نہٕ مس۔ کوٚت اوسُوی گژھُن یتھ تاپہ کرأیہِ منز ـــ"

ججلہِ بوزُوی نہٕ۔ سو زن اُس اُندری منہِ منز دگ للہ وان۔

"نابے ژٕہ چھکھ نہٕ کتھی کران۔ کأنسہِ ووٚنیہِ کینٛہہ !"

"کانہہ کیاہ ونہِ۔ میٚہ چھُہ پنُن نُوی نصیبہ کھوٚٹ ـــ" تٕہ مس کھأسو اُچھو وٚنہٕ تس ڈوٹھ ہیُو اوٚش تٕہ غفارس پیو اُندری نہٕ بتہٕ ـــ

ججلہِ کیٛہ کنہ واچہِ کنُہ منزہ تٕہ لاین یتھہٕ۔

"وُچھان چھکنا یمہِ ٹینہ کھنجہ۔ یہِ سوڈُوی رُوپیہ چھہ کھوٚٹ ـــ ژُدی کرٕ مُسہم مالِنو یامہ دی دی زِہ خانہ دارس چھُوی نہٕ پوٚن کھٕنی

حبہ جُو وٗنتھ پانے شہر تہٕ کھوٗرن ژھٹہٕ وَردن تہٕ زرق برق کرن ہرازہ سوٗٹھ تہٕ نیپہ نیپہ کروٗن کنہ وس تہ گہنہ۔ تہ غفارن وُچھ تس کنہ چشمو۔

کوتاہ جان اوس حبہ جُو فرِشتہ ــــ فرِشتہ ــــ تمِس آو یوٗت یوٗت تانی زِہ وَنِس۔ "وٗندمیا زُو۔" تہٕ تس پھوٗر نہ کنھی شرمہٕ سیتی۔ اُسی کاٗتیاہ مژھلی یم لُوکھ ــ کاٗتیاہ خُلقی!

شامس تام وُچھتھ گو تس تمیُک سُند سخ محبت۔ حبلہِ اُسی وُٹھ وُہوٗنی نارہ تیونگل ہیٚوہی تہٕ بُتھ اوٗس زرٕژہ تراوان۔ کاٗژاہ شکیل اُس سو ــ اژھ رژھ ــ تہ غفارس پھیوٗر لرِہ لرِہ وُشنیر۔

ینُن باٗژ!

تس وُچھتی یوٗت ہبکہِ سُہ زندہ رُوزتھ!

حبلہ اُس پوٗژہ گلہِ ٹوٗرن ہنز ژھٹی۔ غفارس باسیو زِہ یُہُس اوس سوٗنتُک ٹُلی آمُت۔ حبلہِ ہندہ ینہ اُس غفارس زِندگی بدلیامژ

ــــ ینُن باٗژ!

تس لاریو کامہ کیتھ سخ آلژ۔ کاٗجس وُہتھ تہٕ اُس تس زندہ ٹارین میٹھی آسان۔ سُہ اوس حبلہِ گرہِ گرہِ وَنان ــ "حیٚنٹ

ہُندِین اُچھن منز پانس لوٗر ہیوٗ لوٚگمُت۔ ننِدرِہ ووتھ وُنیٚ ووٗدتھس

ـــــ سارِی چھِ نیران پنجاب۔ بہ تِہ کیاہ کرہ یتِہ وندس۔ وَندہ

کالسی چھِہ تکلیف۔ تتِہ بنِہ پاٗنسہ تِہ کاٗنی۔ ناک تھوٚپے دولہ مالمنین

سیر کرِتھ گژھنہ، بُنگرِہ تہ وس گرِہ گرِی۔"

"بلاے تِمن گژھنن۔ میٚہ کتھ چھم بکار۔ بہ دِ سعے نہ گژھنہ تیٚہ۔

میٚہ کمِس بیٚہِتھ تراوِکھ یتِہ۔ میٚہ چھا گژھن لیوٗن ـــــ یٚہ نہ ژرہٕ اسکہ۔

دنان چھِہ تِہ وُنی تن۔ بیٚیہِ سند ڈبکہ بوٚڈ وُچھتھ چھ کانٛہہ پنن ڈبکہ

بیٚٹران!"

"ییٚنہ بہتھ تِہ کیاہ کرہ۔ سہ کوٚس کاٗم نیرہ میٚہ یتھ وندس!"

حبلِہ گیٚہ ژھوہ پہِش تہ وَونُس لوٚتِہ۔"غفارے کرِہ ییٚن

چارہ پلِئے!"

غفار ژٕود بیٚیہِ کنڈِہ نِی بیٚہِتھ۔ حبلِہ ہُندی ژھرِی کن تہ ہوٚنٹ

وُچھتھ اُس تس یہ کتھ دوٗری دوٗری یاد پیوان۔ تَس کیاہ سیٚتھ

چھُ چون۔ آسہ ہے سے، تہِنزِ کرِ ہا بہ مذاق۔ تِ تمِس گوٚ ہے دِل تروٗکھ

ہی اندرہ ـــ

صُبحے دراو سہ گاش پھلنے۔ تہ کاٗنسہ ادٕیس نہ سہ نیران

شرٛیہہ۔ اَدٕ کرِہ ہی یہِ مذاق۔۔۔" سو لُجٕ شرٕ ہِسندی پاَٹھی وَدنہٕ۔
غفارَس لُگی اُندری نیٚکی۔ ینُن باَژ! زُو گاٚلِتھ تِہ ہیے سُہ
تسُند اَسُن ہیکہِ ہیے واپس اَنِتھ۔

"میٚرِ نَے چھِہ نہ پیٚژھ یوان زِ تمہ کیاہ کرِہ ییزی ژُور۔۔۔ بیٚیہِ
تِہ مے۔"

"گوڑُھ کرُن۔ تمی چھِی نا ژیٚرِ فرشتہ یوان بوزنہٕ۔۔۔" تہ پتہ وژِھ
سو اَسان اَسان۔۔۔ "یُتھا یانہٕ چھکھ تیتھی زاٗنی تھکھ لُوکھ تِہ۔"
غفارَس آو یہِ سخ خوش زِ جبل چھِہ تَس فرشتہ زانان۔
"اَدٕ ژیٚرِ کُس غم بوٚرُتھ۔ یِہ نی پیٚیہِ تن لعنت۔ گوٚڈُکھ تہ پانس
گوٚبراوُکھ بار۔۔۔" پتہ وٚوتھُس نزدیک یِتھ۔۔۔ "رٕدٕ پہر نَے
چھُوی ژیٚرِ شوٗبان تہِ ژیٚرِ شوٗبہٕ نَے سو نہ دِسی۔" تہ ژٔٹِن جبل
پنہٕ نِس نٔنس وچھس سیتی۔ جبلہِ شروٗپ سورُوی اوٚش تہ پینی
کھُنڈی لُجٕ سعہ یِہ اَنی پاَٹھی دیدہٕ ہِش بولنہٕ۔ مگر غفار اوس نبجر
کمن غوطن گومُت۔

"جبل تِہ کیاہ آسہِ سوچان۔ نیتھر کرِتھ تہِ کُس موٚس دراس
بچارِہ۔ کیاہ چھاوُن! کیاہ آسہ بہ اُمس باسان۔ تمُس باسیو جبلہِ

نِہ تتھ کیاہ گو۔ سو گٔژ وَدنس۔ اکہِ دوہہ وٚننس ـــــ "مێ چھُ یتہٕ کیٚنژھ تانی ہیوٚ باسان۔ بچُھنا صلاح واپس کھسو گرہ۔ تتہِ چھُ لوبر زیُن، بہتہ سیُن۔ تُوٚن تیلی یوٚت چھُ ٹُلی اننُ۔"

غفار اوس پانہٕ نِنہٕ آمُت۔ تس رِنہِ یہِ کتھ زن ہیرہ پیٹھہ جبلہِ پوٚز سُہ کمہِ بُتھہِ کھسہِ چھُنوی واپس ـــ "نارے وُنہِ وُچھو۔ ییٚیہِ رژتس کھنڈس۔" مگر تس بوزیو یہِ کتھ کرِتھ پتہ ژریہ تانی۔ تمُ کیازہِ اوس نہٕ جبلہِ ہنٛد مونمُت۔ سُہ اوس پانہٕ یتہِ کیٚنژھ تام ہیوٚ گومُت۔ کارخانس منز تہٕ اُسی تس سیتی واٲلی یے کترِیو ہیوی باسان ـــــ نہ سُہ سینز راہ نہ پُنز راہ، ییتھ تس گامہ ہال اُس۔ ساری کھوتہ اُسی تس بدرِ دِنیہِ تلاہ گاہتی۔ یہِ چھُ اکھ ژوراہ اکھ!

دوہہ کھو تہ دوہہ اوس غفارہ تہِ زن شُٹھان ہیوٚ۔ سُہ اوس دوہے راتھ پہرن پوان تہ پونُوی اوس لاشہ لڑر ہیوٚ پوان تس زن اُسی تمن وَردن تہ کنہ واجنن ہُنز کیتھی مُشتھ گامژ۔ جبلہِ اوس کتھو سیتی بوس آمُت برٕتھ۔ کرِہ ہے کس سیتی؟ سو اُس پھُٹنس آمژ۔ غفارہ اوس نہ تس اُچھن کُنُ تہٕ ہیکان وُچھتھ۔ تس اُس پشیمانی زِہ وُنہِ تہٕ اُس نہ جبلہِ زُٹ تہٕ نالی۔ تہٕ جبلہِ اوس باسان زن

کُنہٕ۔" اُسی ہیٚے وسوٗ شہر۔ میٚنہٕ ہیچو بدٕر دِنیٚنِس کارخانس منٛز کام۔ کوتاہ
جان چھُہ یہِ بدٕر دِین۔ فرِشتہٕ ہیٚے فرشتہٕ۔۔۔" پانٛسہٕ ییٚنِ اَتھس منٛز
ژریٚنہٕ ہیٚے نَنی میوٗن شوق۔ ہیٚرہٕ بوٚنہٕ کرتھ سوٚنہٕ ساوی۔"

مگر جبلہٕ موٚنُس نہٕ کُنہِ وِترٕ۔" اسہِ ییا وار شہرہٕ۔ نُتیٚھی وونکھ ژادرٕہ
پچھِ۔ یٔتہٕ نیٚری ناکام۔ دوہ ڈُگرٕ ہیا بالکُل۔"

مگر غفار کتھ پرٛژھیس۔۔۔ "یوٗتانٛز نہٕ ژرہٕ بوٚہ مہرٕ ہنٛز ہُش دِچھتھ
میٚنہٕ ییا قرار۔۔۔" تہٕ اُتھی دوہ شوٗے باژ شہر۔

کارخانس سیتی ہیوٚتھ غفارن مکانہٕ تہٕ بیوٚٹھ وانِگجو وارِس۔ مگر
جبلہٕ لوگ نہٕ تیترٕ دِلی۔ تس اُس گامہٕ نزٕ نَس پھیرنَس ہال ترٕ یٔتہِ گوتس
کوتی کاو۔۔۔ سوٚہ آیہِ نیٚنہٕ۔ غفار اوس گاش پھولنَے کامہِ نیران تہٕ
دوہ ہس اُس جبلہٕ ژٕ یٔتو تہٕ موٚنی کھینہٕ یِوان۔ نہٕ کانِسہٕ سِتی کتھ تہٕ
نہٕ باتھ۔ گامہٕ اُسی ساری گھرکی باژ ہیوی۔ دوہ اوس نہٕ یِوان بوزنَے
کیا ژٕ گوٚ۔ یٔتہِ اوسانہٕ کانِسہٕ سِتی غرض۔ ساری اُسی پنہٕ نِس
گل گوٚشس سیتی۔ لوکھ چھہ دپان شہر چھُہ گاش۔ جبلہِ اوس
سارِسی یِوان انہٕ گٹہٕ تہٕ دِہی دِہ بوزنہٕ۔ تیو توٚی نہٕ پانٛس تہٕ اوس
نہٕ موٚلی۔ یہِ کینژھا شہ دوہ ہس اوس انان، پتہٕ ہی اُس نہٕ لگان

ـــــــ" تمبرہ مے چھوٗی اٗل گژھان۔ خدایِن ہیٚے سوٗزوٗدی کیاہ

تانی ـــ" جبلہٕ گو کٹہٕ کٹہٕ ہیوٗ۔ سارٕسی پانس لجِس رٕے ہش۔

اٗس گاژاہ غلتی بیگم۔ تس آیہٕ نہٕ پٔژھی زِہ بیگم چھ تیز بدٕ ییشر

تس پوٚت غایِبتھ اٗس۔ بیگمہٕ ہٕند پائیار باسیو تس ماجہ ببنہٕ ہنٛدرہ

کھو تہٕ شہِمل۔

"یہٕ چھ یونوٗی بیوٚتر ــ ۲۴ ہن گھنٹن ماچکھ نٕہ ییتھ دٕمہٕ

کوٗٹھرہ منز کٹی نوٗ گژھان۔ ییتہٕ گژھہ انسانس کاژھ۔ ووتھ ییم

پلو بدلاد!"

جبل گیہٕ گژھہ تانی ہش۔ سہ کیاہ لاگہٕ ہے۔ تہٕ ییٹھوٗی بیگم

دسایہٕ جامن گژاسے دِوان، جبلہٕ لجہٕ دِلس گژاے۔ نیتھر گژھتھ تہٕ ادس

نہٕ تس اکھ شوق تہٕ درامُت۔ دوٚہیے اٗسی سہ یمنا گھر گسکبن پلون

منزی۔ پوٗژ تانی اٗسن نہٕ نوٗ دِژمژ۔ تہٕ بیگم اٗس بڈِتھ تہٕ دھرہ بہِ ہش

تموٗ وچھ اٗنس بتھ۔ تس اٗس شکلہٕ تہٕ ٹھہٕ تہٕ تس آیہٕ اچھن

ٹکرہٕ اٗس کیاہ یہٕ بیگم۔ خفتر اٗنی! یاہ تہٕ لرہ ہے نہٕ تس نش۔

مگر پلو ژھینتھ اٗس دھرہ بہِ ہش گژھان تہٕ تس گو وٗزہ وٗزہ تس

تہٕ ہیٚے بیاکھ پلو جوٗرہ آسہٕ ہے۔ دِیتہٕ کیاہ میہ غفارن، دوٚہیے

ژھُوپ تھاس ہینہٕ خاطرٕ اُس یور وأتِتھ۔

ہیٚرِمس پورس اُس روزان جانہٕ بیگم۔ مجلس منزٕ اوس نہٕ تس سیٚتۍ کانٛہہ ترِ ؤدرٕٕ داوان۔ بُڈِتھ ترِ اُس سو مُنزِ ترِ ژھرٕ ہنٛزٕ ہِش روزان۔ نزاکت کیاہ اُس تس! دۄ ہس اُس سو گیوان آسان۔ گیوان ترِ اُس سو غنبکُ۔ ہُتُمی اُسس وگنہِ وزان۔ نعمہ صائب اوس نہٕ دۄہس گھرٕ آسان۔ مگر شامن یتھوٚی بأتہٕ زٕہ اُسی ژوان، نعمہ صائب اوس بیگمِ مازس ہرِیہِ کران مار دی دی۔ غفار ترِ جبلی کوتاہ اُسی تمن کُن وُچھتھ اسان۔ مگر غفارس اُس بُلو بیگمِ ہنٛز ملکھتہٕ ہِش گأمُژ۔ گوڈنکی دۄہہ اُس تمۍ دُزس بچہ بران دِژمُژ تہٕ بیگمِ اوس باسیوٚمُت زِ ان تس کأنسہِ منٛز مارکس اُس پیچوٚنی کرِتھ چپاتھ ترأوِمُژ۔ مگر جبلہِ اوس خاریوان بیگمِ ہنٛد۔ کیاہ ترِ اُسی تِن جبلہِ اُس تمۍ پندو بجدہ وردن ژھنٛنُ ترِ دۄ تھن بِہن سیٚنغ نوش کران —

دۄیمہِ دۄہہ اُس جبل دِدرہ سیٚتۍ ترِ تس آو وُتارہ ہیوٚمُت ترِ آیس دڑدکھ۔ بیگم اُس اپارہ کوٚنت تام نیرنس تیار۔ تس آو نہٕ تابی۔ سو آیہِ ٹکہ۔ تس دۄ تھراُن وردکھ ترِ آیس النٛز ترِ ولنہٕ۔

گنٛزرنٛ۔ ییٚلہِ تَس روٗپیہٕ یِمن، سہٕ وَنہٕ نہٕ دوٗنی حبلہٕ کِہیں۔ یِتہٕ پیٚقوٗی
اکہِ دوٗ بہٕ سہٕ تَس ہاوِہ تم وَردان تہٕ گھِنہٕ، حبلہِ ترِہ فِکرہ میون شوق
.... خوش کیٚرِتھ گژھہ۔ الٹی پییہ نہٕ۔ شوق کوتاہ چھہٕ اُمِس پلو
چھاوَنُک ـــــ مزٕہ!"

یِگاہ پیٚرارے یِہ حبلہٕ ڈیٚیی دوٗہس نِہ دُچھوٗ غفار کیاہ انہٕ
تَس کُنیتھ از۔ تَس اُس پوٗرہ پَزِتھ زِہ پیٚقوٗی غفارس آئی تِسہٕ میلن
سہٕ انہٕ تَس کنہٕ واجہٕ تہٕ بجگرِہ۔" سہٕ ترِ ہاوِہ اُمس بیگہِ بوٗ کوٗس چھس۔
غفار آو راتھ پہرن۔ سہٕ اوس ٹھوکُت تہٕ پَرہ ژھیوٗن ہیوٗ گومُت۔
"دروجہٕ چھاکم، روٗپیٖن پنژاہن دراو نہٕ ٹاس تہٕ۔ ہتھیار کینہہ
اَسِم پوٗشہِ، تم ترِ آیہِ نہٕ پوٗرہ تہٕ پیٚکناوِنس جولنہٕ۔ حبلہِ لگیٚ سارنی
خوابن لیبتہِ ہِش تہٕ سوژوی گو چھلہِ چھلہِ۔ تَس گونٛڈُن ہیٚرہ بوٗ نہٕ
نار۔" پوٗز اَسِم مالیٚزوٗنان۔ اُمِس چھُنہٕ جوٗن بشرِ یِی۔ اُمی کیاہ
چھٔنس بوٗ زاینمنہٕ۔ مالِنہٕ ترِ آیس چھٕلیتھ چھوکِتھ تہٕ مذاق کوٗرہم
یٔتہِ ٹینہٕ کھنجہٕ تہٕ فقیر وَردان دِتھ۔ شخص بایہٕ گو وُری خاندرس بیاکھ
جورہ تِرِوچھم نہٕ بُتھِ۔" نِہرِہ کنہِ اوس غفار یِہیے ٹھٹھہ کلُی ہیوٗ
بیوٗمُت۔ حبلہِ گو کیاہ تافی۔ تَس ہوٹہ سوژوی تہٕ درایہِ ہکہ چوکہ

تھاؤنس نئی۔ تہٕ تمِس گیہٕ بیگم ہُند یہ اناڑی جامہ اُچھن تل۔ تہٕ سو گیہٕ پرہ ژھینہٕ ہش!

یِتھوی غفار آو، سو ہیُٹ ہش۔ "ژہ نیرِتھ وُچھکھ کیاہ حال گوم یِتہٕ۔ یہٕ نے بیگم یِیہ ہے۔"

غفارن وونس تھِتھ کرِتھ۔ "یہ آسہ بیگم آمژ۔ کتھ چھہس یور دِوان ییِہ۔ تہٕ یتہٕ ووتھس خوش خوش۔" میہٕ تراؤ بدر دِینس نِش کام کرنی۔ یہ چھہٕ اکھ ژوراہ اکھ۔ اُمی ہاوی نہٕ میہٕ کینہہ۔ بہ گوس اَزِ کہ پیٹھ ٹھیکہ دِرس سیتی۔ پگاہ دِیہ رو پیہ پینژاہ ۵۰ تہٕ پیشگی۔" تمہٕ پتہ دِژ تمہٕ جبلہِ نوٗ پوٗژھ۔ "دوہ نی نے چھُنہ پرواے۔ دوہ نی لگہِ نہٕ روپیَن تار۔"

یِتھوی جبلہِ پوٗژ دِژ، تس باسیو زن تمہٕ اُنزہِ ادس کھاندر کوٗرمُت تہٕ تمِس آو یوٗت یوٗت تانی زہ سہ دِنہٕ غفارس بیگمہِ ہُنز سو کتھ ــــــــــــ تمبرِہ ہُنز کتھ۔ مگر تس ہیوٗر نہٕ کینہی تہٕ سو دوہ شلیہ۔

"یتھہٕ پاٹھی تہٕ کاژاہ شکیل چھہ یہ۔ توہ حال چھنہ کینہی ییلہٕ یہ تم طلبہٕ ہیرِن تہٕ گہنہ لاگہِ۔" تہٕ سہ لوٗگ اندرہی سُژ کرنہٕ تہٕ دوہ

مستس گوٚژھ نا آشن وأنکہ پن ۔ ژٕ ہے گژھک آسُن تتہٕ، یتہٕ
چاۓنی قدر زانہٕ ہن ۔ کھار کیاہ زانہٕ سونٛگ موٚل !

حبلہٕ پھوٚشہٕ سیٚخ زِ بیگم کیازِ چھ یژھ کتھ کران ۔ اُمِس
کوٚسہ چیٖنٛژ ژُھنکمہ میانۍ ۔ میٚہ چھنہ پکوتہٕ وس، اُمِس کیاہ چھُ تو تہٕ
گمرٕ سستی باسیوس ۔ بیگمی کیاہ سأری اُسی تس پی ونان ۔ اُمِس بچارہ
تہٕ چھُ میون اندرہ گژھان ذرہ ذرہ، نتہٕ کیاہ غرض چھُ اُمِس !

"اُمِس چھُنہ چون خیال ۔ ونان کونہٕ چھس ۔ انان زنہان
ہے چھتہ کرِ غأمرہ ۔ تہٕ کیاہ گو زنانہٕ پھونی نیتھ نُنی — ییلہِ نہٕ
جوأنی منز تگی مرد اُتھس منز پھاوُن، پتھ کر — " بیگمِ دوٚپُس
نٕرہ گلوان —

بوٚنہٕ گو غفارسُن آکو — یہ اوس بدر دین تہٕ حبلہ وچھتھ گھوٚت
سفہ پانے ہیوٚر ۔ برنٕرِس اُکِس پھوٚرہٕ تس کیتی ۔ سہ گو لگتھ ہیوٚ ۔
سہ رُود حبلہٕ کُنی وُچھان ۔ حبلہٕ اوس نال وٚدپھوٚی، تمہٕ کوٚر جل
جل بند ۔ تہٕ بدر دینن اوس وُٹھن منزی تہٕ حبلہٕ گو متھ زِ دِگ
دِتھ کڈ بس اُچھو زہ نیر ۔

"میٚہ دوٚپ غفارن کیازِ تہٕ آو میہ نش کأم ۔ تہٕ یہ آسہٕ تھن

منزہ۔ "دوہتہ چلے چھے ناچینہ؟"

"بوہے چھس از سخ تھوکمت!"

تہ چیلہٕ آو مایہ ستی تھہے وتاپرہ ہیوٗ۔ تہ تمہٕ بھوٗرنس سورُوی بُتھ دھو تہٕ میٹھیو ستی۔ غفارس گو سورُوی تھکُن مُشتھ۔

"ژہ تہٕ ہے آسکھ یٔتہٕ دوہس کرٕتھ تانی ہش گرٛھان؟"

تہ جبلہٕ سوٗرنج بلایہ تمِن پلون تہ گہنن۔ میہٕ کتھ چھم منزورت۔ میہٕ چھم سورُوی غفارے۔ بووُچھ تہٕ زٕ بیگمہٕ کُن۔ تس گیہٕ

بیگمہٕ ہُنز نکہت ہش۔ یہ چھہ خیر کیاہ ذاکقاہ! نتہ کتہ

انزٕ ہے یہ یم بوُرہ وردن۔ اَدہ چھا یتھ۔ نارہ زوس چھادہ دوہتان

داہ زٕنی چھہ پوان تہ نیران اُمِس نِش۔ تمہٕ سوٗرنج برٕ چھس یٔژمی

یان۔ دوٗنی دِمہٕ نہ لوہ تس پانس ستی کتھ کرنس موقعے۔"

دوٚیمہٕ دوہ ہہ اُمس سعو آب شیرانٕ تہ آیہٕ بیگم۔ تمہٕ واٰجی ہیٚرہ مُشکہ صابنہٕ چاےٚ ٹی تہٕ کرٕنی گرٛہ دی دی صاف۔ تہ پتہٕ دِژنس کنگھی تہ لوگنس اُچھن پنینہٕ سُرمہ تہٕ تجہٕ ستی سُرمہ۔ پتہ بیچھہ دوہ نوے ڈیہہ تاپس زنان وُمرہ ہُنزہ دلبہٕ زہ آسہ!

"نامے پتہٕ چھہ مہ تعجب، ژیہٕ چھی کن تانی ژھری۔ پتہ گٔیس

ٹُھس کِمی۔ "چِتے تُراو غفار!

"پینٛژہ روپیہ تہٕ چھہ چانِس ٹُھس کِمی۔"

بیگمِہ ژُجھ ٹِکہٕ ہیوٚر۔ زن آسکھ ژٕوٚرہ ہانژہ ژُٹمژ تہٕ سہٕ

رُڈِ بو جلہٕ۔۔ "یکیاہ اُسی ییتہٕ کران۔ کیتہٕ پھیرہٕ کوٚرمے ٹھاک

اُمِس سیٹھی کتھ کرنس!"

"وہٕ نی کیاہ لیوٚنہِ سیٹھی بمہٕ نہٕ تھوٚو تِکِتھ۔ پانے ہے آیہٕ۔ ناد

دِیت مَسہٕ!"

"سہٕ تہٕ گو ناوی دیُن۔ ییٚلہِ ولِسہ توٚن تہٕ پانیار ہووتھس اُمس

کیاہ راوِہ۔۔"

"کرِہ کیاہ اِنسان، دُنیا دارُی منز کوتاہ تھاوِہ اُچھ نبر کڈِتھ۔

دُپی دوہس چھہ کُنُوی زوٚن موہنیٛو نیٛنہ یوان۔ کرِمس زن کتھ۔

آسس تھاوا تروٚپ دِتھ۔ بییہِ ژیہٕ چھُوی باسان۔ دُنیاہس کیاہ

لُو گھس طوطہ۔۔"

"ژِہ ماگیسکھ امی ہِنزن کتھن۔ اُمِس نِش گیسکھ گاو۔"

جبل ولے یہ۔ تھس ناگاو۔ آسِہ ہنے یہ حالتھی کیا زِہ

گژھہ ہیم۔ تُسمے چھکھ نیران لوٚٹ گِرِ دِتھ۔ نانہ پۄژ ژُھ تھاہ

ورغلاؤمُت۔ گوڈہ کُس نہ بڑیمہِ چانہِ اُکِس پوٚت ژھایہِ !" حبلہِ
دَزہ کنہِ پھیرِہ تانی تہِ دوٚیُن کُنوٗی زِلہِ بوٚک دِمس تہ نہُناوس
شکلی۔ پوٚز تمہٕ رِٹ نہ بو۔ "بوہَے بدٕ زبان کرہ سوٗنچہِ کیاہ یہِ۔
پانسوٕ بنیتھ..."

تہ بدرٕ دِنیس زن لوٚگ ہس۔ "یہِ کونہ چھکھ وَردِن بدلاوان
اَتھ اُنزنِہ گردنہِ گوژھوی نا اَسِن طِلہ پھیرن"۔ تہِ ہاوُن اُچھومنزِ
بیگمہِ کیاہ تانی تہ دراو اسان اسان نیبر۔ تہ بیگمہِ دوٚنُس۔ ووِنی
مربی وونَے ایُزٕ ژِیہِ ہَے چھوٗی بُتھ گاہہ تراوان، ژِیہِ گژِھی
اتھ اَسِنہِ قدر دان !"

حبلہِ گو سخ بَرتاہ بیگمہِ ہُند یہِ وَننُ۔ "ووِنی نہُناوس
بُتھ، امہِ کیاہ چھس بوٗ زانمژ۔" بدرٕ دین ژاو پوٚت کھورِی
وایس۔ "غفارِ پھتوٗی یِیی، سہٕ سوٗزِہ زِیُن میٛہ نِش۔ دُپزِ بس
یہِ گژِھی نِہ جان۔ اکھتوٕ، اَسی تمہٕ میٛہ پانسہِ منگمتہٕ، یم دِینہ بس پیٚسہ زرِ
زاہ ہتھ۔ تہ حبلہِ کُن وُچھتھ دراو سہٕ اسان اسان نیبر۔ تہِ حبلہِ
گو ہتھ زہِ ژٕ تیلہِ کرٕاے دِیس بیٹھو کنہِ داَرِتھ۔ بیگمہِ تجہٕ
روپیہ ترٕاوِن حبلہِ ہلمس منز۔ یپژہ روپیہ تہ چھَے چانِس

"دوٗنی کیاہ سوٗنہٕ سُند آسہٕ ہا!"

"شوٗبہِ ہیم نا۔ اِنتہٕ کر اوسُوی ژٕرِیہٕ میانہِ خاطرٕ۔ میانہِ وِزِ اوسُوی ژٕرِیہٕ دوٗہے کامہِ"

"یہٕ انان چھُس، تتھ چھُسہٕ ناچ نغمہٕ کران۔"

"تہٕ کرِتھ تم تہٕ کرتہٕ۔ گنڈ چھُمے تھوٗدِمُت کرِتھ۔ کیاہ تِلہ چھم۔ بُلکین گران آسکہ!"

غفارہ اوس موٗ چھِ موٗران تہٕ ہٕژِ ژٕرایان۔ "دوٗنی کھسہِ ہیوٗر تہٕ ٹھوٗپہِ رٹِتھ لیتھہِ ناون!"

کتھ گیہٕ زیٹھان۔ ییلہِ نہٕ حبل کُنہِ پوٗشہ، تمہِ ہیوٗتھ ٹنگہِ وُدُن مگر ژٕوِتھ تہٕ گوٗ حبلہِ اندری کنہِ غفارُن ذرہ ذرہ۔ "بچوٗر آسہِ کتہِ۔ ژوٗرِہ کھسہِ ہا۔ تمام پائنہٕ چھُنہٕ پانس خرچان۔"

غفار گوٗ کِنیتہٕ تانی ہیوٗ۔ ہنتہِ اُسس لوٗ چھِہ سیتی ڈُنہِ ڈژھر تس تُوٗدہٕ نہٕ تابی۔ سُہ وُڈِتھ تہٕ بھتہِ پٹراہ کڈِن۔ ہاکہ تھوٗباہ تھوٗدپس پیٹھ تہٕ آپرہ تھاپرہِ زیوٗن کھبتھ۔ سُہ اوس دوٗہس سخ تھوٗکمُت سُہ پیوٗ بستر تراوِنہٕ بروٗنہی وُگوِس پیٹھ۔

حبل تُروز فاقے۔ سُہ کُس منہِ دِہاس۔ تس گوٗ ییتھے ہیوٗ

دوہس کیاہ چھُوی گدران!"

"ژٔریہ کتھ چھے از ہنگن ہیژ لدِتھ۔ وۄتھ ووُنی جایہِ دامِہ دِہ۔

... دوہس چھُم ہِنہ تمأ کر دام ترِ جیومت۔"

"وونی کُہ دونوئی مَتہ چیتہ!"

"یہ وُکرِ آئی کُن بھرِنہٕ۔"

"کتھ چھُکھ لوکن بُلی تقصیر کھالان۔ امہِ کیاہ کورُوی بچارہ۔ بُلی چھُھس دامنہ چھلان۔"

"اچھا ترٔ اُنس بلاے۔ یہِ نوشِ کری ترِ گمر۔ نتہ کرہونتھ ژٔریہ میون۔"

"بوہے دوہے خودمختار آسس۔ دوہے آسس پھیران نژان ژٔریہ رُوستوی۔"

"ژٔرہ کتھ چھکھ از کتھ زیٹھراوان!"

"ژھونٹ رأوی ژھونٹ رأوی کیاہ لوبُم؟"

غفاری دِیتُنس وأنکہ ین، حبکہِ لوئے سہ ہور۔

"میہ کتھ چھیم یمہ ینہ داوہ ژور بکار۔ گھرہ آسس نہ یُتھ وأنکر ین دِیُہ دارین لاگان۔ میہ شوُبیایہِ بجہِ زنانہٕ۔"

جبلہ آیہ مژرنہ۔ "لجس بلایہ! "یتھوی غفارہ دژاد، سو گیہ بینیہ کنی زنی۔ بونی کنز درایہ بیگم مہرِن ہش۔ جکہ چاو کیاہ اوس تمِس۔ از وچھ تنہ تمُ جبلہ کن جبلہ تہ گو وزہ وزہ زِہ سو تہ نیرہ ہا پھیرہ نہ۔ بونی کنز اُسی لوکہ ارساتھاہ بادام وازہ کن دوان۔ کائتیاہ رنگ آیہ تس بوزنہ۔ وو شلان تہ گملان ہشہ رنگہ ژرہ تہ بنگرِن ہند شردنی رود تس تیرتانی کنن منز۔ اَنہر شہ پانس کوتاہ شوخ اوس تس پلون ہند۔ پوز تمہ ساتہ اوس تس غفارنہ مایہ سورُی مشرأومُت۔ اَدہ اوسہ دوہے یتھوی ترٗن شین ہیو۔ شہر دِستھی اوس شہ بدلیومُت۔ تمِس باسیو زندگی منز ژھرہ ہیوٗ۔ سو تلنبلیایہ شری ہندی پاٹھی۔

بدر دینہ رو پیس ژہ ہتھ اُسی وُنہ تہ تیتھے پاٹھی تاکھس پلیٹھ۔ ہر ژو وَن وِزہ اوس نہ جبلہ یادی رودمُت غفارس دَنن۔ تس تیمبیہ اُچھ— "اَدہ کھیائس پرژھی گام۔ ننی تہ چھنی۔ غفارس تہ جورہ نہ نانہہ۔ حالس اَنس بہ وَردن واہ لیس پانے نکھہ۔ یہ کھیٹیہ شہ۔ تو پتہ ژنگس ہے تہ کمہ خاطرہ۔ یہ بجور چھہ پانہ تہ نبتھہ نوی۔ اُمس تہ گوژھ موہنی

غفارٕن۔ پوٚز اُمِسِم تمِ ونان۔ غفارَس کیاہ مرِ ہیٚہ چھُہ چوان۔"
تمِ ٚنیٚژ دوہ ہن رُوز جِبَل فاقے۔ غفارَن تہِ کھیو نہٕ کہیں۔ نہٕ گو
کامہِ، نہٕ کرُ بأژَو دوہِ یکتھ۔ مگر اُندرۍ اُندرۍ گو غفارہ گُلہ گُلہ۔
—"آمُن گوٚژھس نابِچارِہ۔ امہِ کیاہ وُچھ—"
اُخر آو نہٕ جِبلی تاب تہٕ وُژھس—"کتھ چھُکھ ہو کھراوان
پان—؟"
"ژٕ ٚیٚہ کیاہ تو ترِ میون—" تہٕ غفارَس ترِ کُملیایہِ وُٹھ۔ "وُچھ
پانس کوہ سہٕ حالت کرُتھ۔ مس کھاسی ہِشہ اُچھ چھےَ ژارین وَژھ
مژہ۔ پچون بیٚتُ چھا فاقہ کرنس۔"
"پانہ چھُکھ ہُتہ کأشہِ لد باسان۔ فاقہ پیٚرہ چھےَ گامژہ!"
"ہےَ مُژی کیژھ جہالت چھےَ۔ سو مُن پھیوٚرُوی۔"
"ژٕ ٚیٚہ کیاہ تو ترِ میون!"
"گوٚژھُم نا آمُن!"
نیٚنیو ٚیتنا۔ پانَس کھیٚیتھ بھتر ہُن۔ میٚہ پٕژ ژھتہِ۔"
"میٚہ ہےَ اُمِس تمِ ساعتہ واہ سو تیمژ۔ دوہ مس وُچھ ہکھ نوُن
چھُہ نیران۔ یُس روپیہِ سُتھ دِیہِ، سہٕ چھا گِندہ نہٕ دِوان۔"

بوزنٛہ۔ ووٚنی چھاوی زٕلکھ ملہٕ۔ ژٕ شوبی حد!"

جبلہٕ وُچھ تٔمۍ ٹارِ بدرٕ دِنیس کُن۔ اَز باسیوو تس سٕہ تیوت

بد۔ تٕ تس موٚنٛٹھ بیٚیہٕ غفارٕن مٕنٛز۔ "یہٕ نۍ پیٚشگی دِیہٕ ہے بٕہ روزہ

ہا دوہے نیٚتھہٕ نٕنی۔" سہ وُژاییہ یہٕ پیٚنٛز گنز مگر بدرٕ دین پوٚکُس بسیتہٕ۔

سُژرس پٔتھ دِوان پھیوٗر تس بیٚیہٕ سخ زِہ تٔمۍ کوٚنہٕ اوٚن موٗنٛگ

بوٗژھ غفارس تٕ تس پیوٚ زیٚتہ ہیو۔ بچور ووٚنٛدس ژٕو!

تہٕ بدرٕ دِینٛن وُزہ ناو۔ "غفار آوِی نہٕ۔ یِگاہ وُنزلس روزٕن

گٔدرِی۔" تس پھیوٗر بیٚیہٕ۔ ناحقے اوس تس طمعہن کلہ کوٚڈمُت۔

شامس وُژھ سہ غفارس بڑہٕ آیہٕ سان۔ "یہٕ اوسُوی بدرٕ دین

آمُت۔ ہیتہٕ پھِرہ آو، گژھان کوٚنہٕ چھُہس۔ پیٚشگی تہٕ دِیا...!"

"ووٚنی چھا مےٚ تٔمۍ پسندٕنی دِیارن زوٚنٛگ دِیُن۔ ووٚنی گوٚژھہٕ

دِیُن۔ ییلہٕ منٛجہٕ مس، تیٚلہٕ آیس گوٗلی۔ توٚرُس نا ووٚنی فِکرِ، کیاہ

نُومٕن اوسُس بٕہ دِوان۔ یہٕ نوٚ ٹھیکہ درچھُ اِنسان۔ یہٕ زانِہ کامہٕ

بِنٛز قلد کیاہ گیہٕ۔ ووٚنی ہے چھُنہٕ کینٛہہ پرواے، ژٕ تری فِکرہ

غفارس تہٕ چھُ چاو۔"

"مےٚ ووٚت دوہے بی بوزان۔ مےٚ آو نہٕ کینٛہہ تہٕ بوزنہٕ، کیاہ

بوڑھاہ آسنوی۔ یُہَے پھٕر تیرِ کو کرٕ ہیوٗ نیران کامہِ۔"

مگر نیرِ نہٕ برٕ وہہ سوٗنچ تمہٕ بیٚیہِ۔ "غفارس پٕرٕ ژھنوٗی گیوٗد
جان، پتہٕ گوڑہ نہ سہٕ شوٗرن۔ گوڈنیتھ سپاسہٕ بچور تیتھ۔ سہٕ
گژھِ ھیا ناخوش۔ بیٚیہِ ریھوی بہ یِم پکو ژھنیتھ بتھ گژھ تمُس پھولن
بہ کرِ۔" مگر تو تہٕ درایہِ نہٕ تس کو ٹھی۔ اَگر توٗ تمبلی منز آو نہٕ
تس کینھہ بوزنے تہ سو درایہِ گھرِ نبر۔

بنازِہ وانس پیٹھ وائِتھ توگ نہٕ تس بوزنوی زہٕ سو ہیٚیہِ
کیاہ تہٕ تراوِ کیاہ۔ تمٕ ژٹناوی ٹھانس پیٹھ ٹھان تہ ہیٚتین جورہ
وَردن۔ شوقس منز رٕود نہٕ تس غفارنس مثلس کُن ظعہ نی۔ تمُس
پھیوٗر سنخ تہٕ سو گچھ امی سترہ اندری ——" دوفی کیاہ بتھ دِمہِ بو
غفارس، سونچہِ کیاہ سہٕ۔" سو اُس یمنی غوطن منز۔ وتہٕ سمکھیوس
بدر دین۔ تمن پکون منز گیہ سو بجل ہشِ، زان آسِکھ منز مارکس
ڈوٗرِہ ہانژِہ رٕمژ۔ تمس گیہِ سنخ گال، ناحقے دراس یتھ
آٹھی!

کیرہ ٹھان وچھتھ دوٗتمس بدر دین۔ — "میہٕ تہِ دوٗپ
تمِس کیاہ چار اوس روپین۔ میہٕ ہیٚے دوٗ نمشت آسِہ ہن پھون،

سہ ووشلیایہ۔ "طرف کرِس میون تلہ یوٚت۔ ییٲنی کینہہ دِتس ساٲرسی زوٚنگ۔ ژیٚ اوسی میٚہ قصاس ہیوٚن تہ ہیٚتھ کرِتھ واٲزِ چھس تترِ پیٚٹھ۔ کیاہ شرٔیہ چھوی ژیٚ میون بہ زَن یکہ ہیٚتھ نیٚی۔ ژیٚ کیاہ؟" غفارس لوٚگ دکہٕ ہیوٚ۔ کوتاہ لوٚ ژر اوس تس حبلِنِش لوٚگمُت ——

"میٚہ ناچون شرٔیہ۔ بہ ہے چھُس تہٕ وُچھتھ زِندہ —— پنُن باٲز ——"

صُبحے گو سہ گوڈہ تُرس تہ ہیوٚتنس حبلِہ ہُند وَردن یتہ ہیٚژن تھٕدی سہ نرس سہ نرٕ دُجی۔ سہ پھیوٗر گھرہ یوٚت زِہ گوڈہ ہاوہ حبلِہ مگر وتہ دِتُنس موہر تُژن ناد۔ زِہ حبلِہ ہٕندی بوٚ اٲسی تیار۔ سہ پیوٚ اَسمانہ۔ تمیٚ وُچھ دولہٕ پلون کنُ۔ طِلہ نال کرِتھ کرِ کرِ کرٕوُنی جورہ تہ ہیٚرِسی نِش نکیوس زِہ حبلی اٲس بدرہ دین ہیٚتھ تمِ شوٗو نرٕ آمرٕ۔ تمِس پیٚیہ الکھو منزہ پھُٹیجی تہ باسیوس زن تس ساٲرسی پانس ڈرکہٕ پیٚیہ۔ یمہ تس دوہ نی ژھیٚتھ تن!

"اَدہ اٲسہ حبل بدرٕ دِنِس یتھے طرف کران۔"

"ماٲصُم حبل —— دراتچ دوہ دِھ تُژ!"

لاس نو بُتھ ژیٚہ تتہ۔ بیٚیہ چھُنہ بدردین تہِ تیوٗت ناکارٕہ۔ وُنی کیٚن
دِیہ ہی پیٚنٕنہِ پانٕس اتھس کیٚتھ۔ ژٕہ تہِ اَنہ ہکھ موٗنٕدِ پوژھ۔ بہٕ تہِ
چھُس نبتھ نٕنیٚ۔"

"میٚہ چھُنا پوان تہِ بوزنہ۔ ژیٚہ ہے ہاوَے بہٕ غفارَن کیاہ وَنیوم"۔
"وُچھِم نا وُنِکتام تہ دوٕنی کرُس سوٚ چھِ کرکھ۔"
غفارس آو یوٚت یوٚت، تام ژٕہ شُرٕ وَنٕہس میٚہ چھِہ ٹھیکہ درس
نِش روٗپیس ژوٚر ہتھ سے ہتہ۔ سوٚ نزلن تہِ آسن چائی وَس تھاوِتھ ہتہ
گرِتھ۔ دوٕنی اُمس دوہ ہن ہنز تائر۔ "مگر تمیٚ رٹ زورٕ ے زٕلو۔
یییلہِ سُہ یکہ وَٹہ تم وَس تہ وَردن وُچھہ اتی نینس بہٕ کیاژٕہ اوُس
وٕنِکتام ہوٚٹ چیران پانس۔ غوش گاژاہ گرِژھ۔۔۔۔۔۔
مُژ۔۔۔۔ بیقل۔۔۔۔"

تہِ تمیٚ وونس نہٕ کہیں۔ کتھ رُوز ژوٗری۔۔۔۔

"بدرِدین سی نِش گوٚژھ گژھن کامہِ۔ پگاہ چھُہ گامسی منز
لسُن بسُن۔"

"بہٕ کیاہ اُویزہ چھُہ مُسبہِ۔" "پتہ وونتھس بمہٕ ژکراوِتھ۔۔۔" ژٕہ
کتھ چھکھ از بدردِنس یوٗت طرف کران۔"

پنُن بأژ — چیس پھیرٕ تہٕ گھری۔ اتہٕ کوٚت ووتھُ۔

کھرچ — کھرچ — کھرچ !

پنُن بأژ ! اتھن ہنٛز نرمی تہٕ مس زُ من ہُند شہجار !

ہا ہا ہا ہا ہا — اتھ اسنس بیٹھ گیہٕ ساری حیران۔

تہٕ لنشی پرٛژھس ممد چھانن "کتھو بیٹھ چھکھ اسان !"

پنُن بأژ ! نہٕ آسنکی ارہ سرہ !

تہٕ غفارہ دژاو شُلی کارخانہ بیٹھ۔ دُوری باسیوٚتس زن
ہیرن بیٹھ ژھلے اُمس یون وسان۔ تس ما گو برٛونٹھ۔ سہ دورلو
تہٕ کھوٚت کنی لأنیہ ہیرن۔ ہیرہ اوس نہ کنہہ ہیو مداہ تہٕ تس وچھ
زن کھینیہ جبلہٕ ووٹھ ہش۔ سو اُمس ووشلیامژ۔

پنُن بأژ ! زنانہٕ نشہ کھینیہ یہ کانہہ ووٹھ۔

غفارس رُود نہٕ پانس تام۔ تمِس وبسریایہ اتھہٕ تہٕ جبلہٕ ہنٛز
ساری مارے گٔیس مشتھ۔ " اگر نہٕ یتہٕ بسُمن چھُوی، گراھال کونہٕ
چھکھ توری تیج چھکھ —"

جبل گیہٕ ہے منگہ ہش تہٕ تمِس کڈ ا چشمو وچھنہٕ۔ غفارس
رُود نہٕ آب تابی۔ تمہ ڈکہ ناو سو پتھرس بیٹھ تہٕ کوٚرنس لتہٕ

ہاہاہاہاہاہا!

بیگمہِ ہُنز کتھ رُوز تس اَندری کوران — "اتھ بُتھِس ہے چھہ پیٹھ رو پیہ تر کھا۔" تس گو حبکہِ ہُند اَیہ وَن بُتھ اُچھن تل۔ ٹامم مُبتھ، یتھ پیٹھ ہر وِزِہ فرستہ آسہِ گِندان باسان۔ حبکہِ تہِ کیاہ تقصیر اوس۔ کوتاہ تہِ اَسہِ تن اِنسان۔ اتہِ چھہ تمبلاٗنی دِل۔ تس آو گیوُر ہیو تہ پنہِ کلہ کھایرہ منز باسے یہِ تس ساسہ بنہ گنس نزان!

"ہے تقدیرہ!"

گھرہ کُن گِو نہ تس کُنھی۔ سُہ گو سوہ پینچ ہیتھی کارخانس منز۔ مگر تتہِ تہِ لوٗگ نہ تس کانہہ دِل۔ سُہ دُود مشینہِ ہُندی پاٹھو زندہ دِوان — کھرچ — کھرچ — کھرچ ... کھرچ!

پنُن باژ! اُمہِ سِندی غاٗلرے راوُر میٚہ راتچہِ نِندر تہ دوہک آرام۔

کھرچ ... کھرچ ... کھرچ!

پنُن باژ اَلیس کُن وُچھتھی سُہ زِندہ اوس رُوزِتھ۔

کھرچ — کھرچ — کھرچ

رَسہِ رَسہِ پھش اُس دِوان۔ غفارس گو کیاہ تانی۔ "یِہ ہیے چھِ گوڈ بِ
کھوڑہِ ——" پنُن باُژ —— غفارنِن سُرہن ہُنز ماءِ جی۔ مگر دِماغس
منزاوس تس وُنہِ شورہ۔ "ڈوٚیمےَ گرٛہان کونہِ چھُکھ۔"

جبلہِ زن بوٗزی نہِ —— "میٚہ ہا فرٛ۔ مگر امہِ کھوتہ ترِ کرتہِ ژہ میٚہ
ریٚزِ فانہِ —— "تہ پتہ وُژھس وَدان وَدان —— "بہ کوٚت نیرہ
گھرہ تراُوِتھ۔ ژہ کُس پیٹھ تراوَتھ۔"

غفارہ گو مَوم ہیوٚ۔ سُہ لوٚگ تس یُڈی کنوی وُچھنہِ۔ تمِس
باسیو تتھ منزاوس شُر سوٚر سوٚرکران —— "ہیےَ مُژی۔ تلےَ یِم ژھُن
ترٛیلو، بہ وُچھہتہ کرٛژھ گرٛھکھ ——"

پنُن باُژ!

دوہ نوِنی لجی اُشہ ددرارےَ!

---

کرٛہم — ترٛڈاکھ — ترٛڈاکھ —

مگر حبلہِ کوٚرٕ نہٕ کرٛکھ ترٕ — "کتھ چھکھ بٕنیٚہ ذات ہا دان! دہ نیرنے یِنٛتِہ وُچھنہٕ — " مگر یوٗت یوٗت حبلہِ اُندری ہیوٚتھ، تیوٗت تیوٗت ووٚلیو غفارہ۔ حبلہِ ترٕ ژھنہٕ تہ ماز س کھٕژ ہس لاہہ۔ تس اوس اُڈجین کرٛوہ پُس گومُت۔ مگر تس پھوٚٹ نہٕ اوٚش تہٕ نہٕ ژٕجو!

غفارس اوس نستہِ کِنہ دہ نیران۔ تمیٚ اُنی سوٗ پلو پھُنجہ تہٕ گِہنہ دٕجو ترٕ دِژنس بُتھِس داٗرِتھ۔" ژیٚہ اوسیہ امہِ کوٗی طماہ تہٕ پھٹ!"

حبلہِ وُچھ تہٕ نہٕ تمہ کُنٛ۔ تس اوس دگہِ سیٹھا زوٗ ژلان نیرِتھ ہُنہ ترٕ اُس سوٗ دگ ژالنس کرٛہہ ابتدا پیٚٹھے لیٚژ۔ مگر از کوٚر نہٕ تمہِ داے ترٕ۔ دگہِ داٗدِس کیاہ بوز۔ یٚیلہِ نہٕ یِنہ نوٗی باٗژ نازہِ!

سوٗ رٛوز یِیادِل ہونہٕ ہُندی یاٗٹھی اوٚش ہا دان۔

غفارس آو نہٕ بنِیہ تاب۔" دوٗنی کتھ وٚہرٕکتھ یہ سانگ۔ یم تُل پلو ترٕ دِس تہٕ ہا دالنِبن تہٕ گژھ دفع۔ اُز کِہ پیٚٹھ نہٕ ژٕہ میاٗنی تہ نہٕ بو چھان —" حبل رٛوز تیتھے یاٗٹھی۔ تس اُسہ پھرنس ترٕہ گاٗمژہ تہٕ یٚڈ اُسس ننی۔ غفارن وُچھ تمِس اُس یٚڈ بڈ پیٚژ ہِش، یتھ سوٗ

# ترٛیشہ ہٹھ

نیرن وِزِہ دِژ درگسی اُنس بییہٕ نظر۔ گرُن اسنہ ہناہ ترٛ شوُرُن دھوترِ پوٗژھ۔ تیُٚ نائیلان ساڑھی اُس تس ہرپرہ وَتُن ہِش پانس لارِتھ گامٕژ ترٛ کنن ہُندۍ ٹاپس اُسی زوتان۔ انزاوس شینیِ وُہرۍ جوزفس تس نِش یُن ...... یمِن شبن وُرۍ ین پیراران اُس تس گارِ تچھمژ ترٛ کوٚب دہاُت ترٛ انزاوس سُہ دوٗر پرٛ موکلیوٗمُت۔ تمِس اوس انز رُم رُم خوش۔

گاڑۍ دانس اوس وُنِہ کانٛی وَدخ ترٛ سوٗ درایہِ بنڈۍ بنڈۍ۔ ہوا اوس موٚت گومُت ترٛ کنوَ تُلۍ اوس سَرسَر کرِتھ وَسان۔ زِن ہوٚس اسان اسان اُسی گتِہِ گژھان ...... پانس پیٹھ آسہِ رنچہ رنچہ لہرہ زن اکہِ اکس نالہ موٚت کران۔ ترٛ گژھ کُنہِ جایہِ اُسی لوکٕٹۍ آولنٕز

وُرۍیَن آسہٕ سٕہ خبر کوٗرت بدلیومُت۔ تمِس پیوٚ سُہ جوزف یاد یُس تمۍ ہِنز سوٚ شُرۍ لاٗزی۔ تمِس گو کیرالا (KERALA) اُچھن تل۔ کوتاہ چاو اوس تمِس تہٕ جوزفس گھرہ بناونگ ــــــ
مینُ گھرہ! تہٕ شیٚن وُرۍیَن ہُند دُور بہٕ زن گوٗل ژٕہِس منز! تمِ دوہ زن اٗسو ورگسی وَچھِس کھٕنِتھ۔ شیٚن وُرۍیَن تہٕ آسی نہٕ تمِ گردِہ ہُتی گاٗمتی۔ دوہ ییلہِ تمِ سمندر بٹھِ گٔژھن ژھایہٕ الہ اُکِس سیٖتی کتھ اٗسو کران ــــ کتھ ــــ یمِن نہٕ ہٕنٛی انداہ ہس۔ پنٕنہِ نوِ گھرہ چہٕ کتھ۔ شُرین ہُنزہ کتھ۔ انہارین خابن ہُنزہ کتھ۔ تمِ ساٗری پتہٕ خوابی اٗسی رٕودی ہتی۔ نوکری اٗسو تمِ طرفاتن ٹھکراوٕ متی تہٕ یمن اوس لوٗگمُت ژھین تہٕ دُور بہٕ ــــ چیں چیں چیں ــــ چیں چیں۔

دمان دمان ژٕایہِ گاڑی یارڈس تہٕ ورگسہِ لجی دِنن ہِش تہٕ سو دِرایہٕ ہِتھ۔ جوزف اوس نہٕ نتوٗی۔ ورگسہِ آیہٕ نہٕ یَژھی۔ "نہٕ سو ییہِ ضرور۔ دلوہ نہٕ میہٕ پرزہ ناو۔ شیہٕ وُری گوہ گوڈہ کم وَرخ۔ تینہٕ گو زماناہ الہ۔" تمۍ اُس بیٖیہِ نوِہ سرہ ساٗرسی ژھانڈی دِژ مژ۔ مگر جوزف اوس نہٕ یُزی باٗٹھی آمتوٗی!

باسان، زن کائنسہ اسان اسان تُھکِس رٚوٗی گژھن۔

لیک دندی اوس امبہ گُل ہوٗل ہیوٗ گومُت ۔۔۔ ۔۔۔ راتھ
تانی اوس ورگسی باسان زن کائنسہ زنانہِ جوانی منز پراران پراران
کمرس ڈوکھ آسہِ ژامژ تہ لنجہِ زن آسہ ترییشہِ وژھمژہ۔ ازباسیوتس
زن کانہہ مہرہ ہنز کلہ نوٗمراوِتھ اُس!

موسم اوس لشہ ہوٗت تہ ورگسی گُھر کائف ہش تہ تمہِ دوٚپ
سہ دِیہ چکہ، گبوہ تہ تکہ ہوٚیی!

سہ واژ سٹیشن سلی۔ گاڑی اُس نہ وُنہِ کینہہ آمژ ۔۔۔۔
ژھایہ ہوٗل وُچھ تمہِ گرجا ۔۔۔ سہ اُس کُس تانی سیتی کتھن میٹھر
آنگہ وُنتلے پرزہ نوو تمہِ سہ۔ سہ اوس ظاہرا یاگ۔ تہ لفرژسان
پھیرُ تمہِ کلہ۔ پاکنی اُس تس رِش تہ گرجایہِ ہُندی کوک مژد تہِ
اُسی تس دوون اُچھن کھران۔

سہ ڈُجہ دوٚیمہِ اندہ ۔۔۔ اکھ اکھ بڑونز باسیو تمُس اکھ
اکھ یگ ۔۔۔ مگر ازیک پرارُن کوٚر تس نہوش۔ برژزہ برنزہ اُس
تس وائلنجہ ہُنز دُبرارے تیزان۔ سہ کیاہ ونہِ جوزفس، تمہِ اُس
اکھ اکھ کتھ سوٗنچمژ۔ دوہ ژی آسیا سہ سوٗی جوزف۔ یمن شین

راتھ آیہٕ نہٕ بوزنے کرآیہٕ تہٕ پیٚیہٕ پکھہٕ ژوٚٹ کاوہِش بالکنی منز۔ چھورہ چھورہ کرؤنی راتھ! ورگسہِ باسیو زن راتھ تس کٔژھس تل اُس ٹرامژ تہٕ اُسن زورہ نالہٕ متہٕ رٹمژ۔ سو کھوژہِش! سڑکہِ اپارِہ اُسی مزدور تہٕ مزرینہٕ گھرٕ نیرنس سکھریامتۍ۔ کیتہٕ کالک اُسی یِم اکھ پژدن محل تۄہراوان۔ مگر سُہ اوس ؤنہٕ تہٕ تیو تۄہی۔ ووٚنی اُسی مزدور تہٕ ٹھکمتۍ تہٕ یَرہ ژہِہنز گامتۍ —— تمن اوسن سازانی کنہٕ۔ زن سارِسی محنژ کٔرینجلہ یونی اوس گژھان۔ ... محل اوس ازتہٕ تیو تۄہی —— ژُوچل —— زن کانہہ دیواہ پکھہٕ واہرآوِتھ پژایہٕ اوس بِہتھ۔ کیاہ تام زوٚبرہ بلایاہ —— مونسٹر ( Monster )۔ تمس باسیوٚ شُر دیہہ ووٚنی لرہٕ پیٚرن تہٕ ڈوٚلہ گنڈہ سیتۍ کرہ سارِسی ژرٹ۔ تمہِ کٔرہنہ لبہ تہٕ تھدی ژینز باسیہ یہِ تس اسان ہِیوی۔ ورگسی تہریایہٕ تہٕ تمۍ ہیوٚک نہٕ تتھ کُن وُچھتھی۔

شاندس تل اوس بوزژن اسہ وُن فوٹو۔ تہٕ تس باسیو زن یہِ اُسن تمۍ زورہ ادس اوٚنمُت ... نتہٕ زن اوس تس اوٚش ٹاربن پیٹھ۔ زن تمۍ اُسن اُنہتھ سارِسی انہارس اکھ ماسک

یِتھُوی سارُوی پلیٹ فارمس گوٚ خالی ... سو رُوز کُنی ژُنی ہے بنگہ ہِش۔ تمِس اوس غیر تس دَب لوٚگمُت۔ تمِس وڈرا یہِ نہٕ کو ٹھی ! وتہٕ وتہٕ دِیُت تمیٚ پانس تسلاہ زِہ ظاہر اما آسِس کیٚنہہ کام پییہٕ تہٕ سو رُوز پرٛاران تہٕ یِیلہِ نہٕ یِگاہ تہٕ سہٕ آو، تمِس گیہِ تسلاہ.. پرٛامُن اوس فضول۔ تس اُس جوزفنہِ پتاہ، یِیلہِ تس یِنُن آسہِ ہے تِیلہِ آسہِ ہے آمُت !

مگر تو تہٕ رُوز سو پرٛارہٕ وُنی۔ دِلوہ وُنی نیٚتہٕ وُنی یییہِ !

پرٛارُن ! زِندہ رُوزنُک اکھ اوٚزُھ سہارہ۔ اوم یِن !

تس پیو سہٕ دوہ یاد یِیلہِ تمہِ جوزف گوٚ ڈینیتھی وُچھمُت اوس۔ سو اُس سیکہِ پیٹھ وُتھی شوٚنگمُت ہارہٕ تہٕ کاوہ شوٚپی ژاران یہِ زِ اُس اکھ اکھ گُنتہٕ پران تہٕ تمِس کھورن میٹھی کران ... سمندرس اوس پوٚس پیہے چھونت اوٚبرُ ہیوٚ تہٕ تمِس اوس باسیومُت زِ ن تتھ پیٹھ کینہہ تمیٚ سندِ ین خابن ہند شہزادہ ژورہِ اوس !

اکھ گنتہٕ آیہِ بیٹھہِ تہٕ کھورن لوٚہٕ اکھ موختہٕ پھوٚل۔ جوزف۔ تہٕ تمیٚ لوگ سہٕ وٚچھس سیتی۔ پیٚتہٕ کُتہٕ لجہِ از تس ہانٹ (Haunt) ہِش کرنہٕ۔

اوس باسان زن کانہہ آدن بوجاہ نرِ مُژرِتھ، ناہِمتہِ رُٹِتھ تس
نِندرِ ساوان اوس۔ اَنہِر شیو رات ——— شرِیر تہِ چنچل۔ یُس
تس عشقہ ییچانِک پائِٹھی وُلنہ آسہ یوان تہِ تس اوس دُوہک سودُوی
موّس کڈان۔ راتی راتس اُس سو لاوِبن نواین سوِن جران
تہِ تس اُسی تم ساری دُوربر مُشتھ گژھان یم تمِس تہ بوزنس
اُسی ژھین دِتھ۔ نتہ چھُ یہ دُوربر زندگی ہُننہِ راوان۔ یہِ رشِہج
داتھ اُس نہ یوان بوزنہ کپاری گیہِ ... ... زن پاٹاسی اُسہِ
گژھان، اَڈہ ژٹ رات۔ تہ انز اُس رات زیٹھان۔ نہ اور
ڈلان تہ یور ڈلان۔ زن اُس رات اُکسی جایہِ وٹس گامژ۔ زن
سو تہِ کانُنسہِ یہ اران اُس!

یہ اُرن کوتاہ گوب چھُ!

ساریسی نرسہ ہوسٹلس اُس ژھو یہ۔ مگر گرجا اُس نہ وُنہِ تہ شونجمژ۔
سو گیہِ حیران زِہ یہ کیاہ اُس وُنیکھ تانی کران بالکنی منز... تمہِ دِژ نظر دُوہکِ
پائِٹھی اُس سو چاکلیٹ ژھان تہ پھرس پیٹھ اُس زِتنہ لاٹھ رایرن
(Wrapper) ہُنز بنہ... گرجا اُس راوُمژ ہش!

وَرگسی بامے یہ زندگی اکھ ژھورُوی زِتنہِ لاٹھ رایپر (Second Wrapper) ییتھ
اُندرِیم چاکلیٹ مجبوری ژھِتھ اوس نیومُت۔ دم اوس سخ تہ تمِس ہونکھ ہیر تہ زیوہِ
باسیوس چاک گومُت۔ سو درایہِ ترلیش چیینہِ۔ گرجا اُس تس برُونہی تور

اوس کھورمُت۔ !

راتھ اُس وُداسی تہ دُیہ ونہ زن تتھ وُدی وُدی ہُتھِس چھَپرِ اُس دُژھمژ۔ تَس اُسی تارکھ سیٖی وہارِتھ زن اَنیک اوٚشی ہِیری اُسی زوتان !

دوفی ییہ نہ جوزف نہٚ ہی۔ مگر وُنہٕ ترِ اُس نہ سہ یہِ مانن یژھان یہ زیٖیٹھ راتھ !

اَنہر شی بٔڑہ راتھ !

کُنہٕ زُنی ترٕ کرٕہنہٕ راتھ ——— زِندگی ہُنز سیٖتی واجیٖنہٕ !

انہِ گٹہٕ اُس سائرسی متھنہٕ ہِش آمژ۔ زن سورمہ بوٚرِس اوس پھوکھ لوٚگمُت تہ سُرمہ فیک اُس سائرسی وَلنہٕ آمژ۔ ملکُت اوٚبرٕ نیوٗن تَس مُہرَ لیمب ہیوٗ واہراوِتھ تہ اوٚبرس تل زوٗن بلسے یہِ تس زن مل کرٕژہ اتھ ترٕژہ وُلِتھ اُسی !

راتھ آیہِ تس انہ کھینہٕ ہِش ——— بسہ نِہہ کاژاہ نخوہِش اُس تس پہِے راتھ کران . . . . . . شہیج تہ جوان رات . . .

دوہ ہس ہسپتالس منز ودلے ہتین مُریضن سیٖتی کھینہٕ کھینہٕ کرِتھ اُسی تس کانجہٕ نیران تہ ییٚتھوٗی سی ڈاف اُس ترٕاوان۔ تس

سو زَن اُس وارَے کھہرِنہٕ کھسان۔ ووٚنی اُس تمہٕ ننہٕ وانہٕ سارِنی نِشہِ پارَے دِژمٕژ زِہ سو کرِہ نیتھٕر۔ پانٔس سیتی تہٕ سارِنی اُس تمُو سنٕز دوٗن اُچھن نکھت گامٕژ۔

وُنکین وُچھ وَرگسی تمُو سُند بدلیٚ رٕ اُچھاہ۔ تمِس اُس سو تیزی نجر کوٚت گامٕژ۔ سو اُس زان پننِس پانٔس لِتھ نادان۔ وَرگسی شُونٛچ اُندری — "اُمی ہَے ووٚنی یِیٚژ تُرِیشُ چیٚییہٕ، یہٕ کتھ آیہٕ بیٚیہٕ" تمہٕ ژِیُون زِہ گرجا تہٕ اُس تس وُچھان۔ زان تمِس اوس سورُوی پتاہ لوٚگمُت۔ تہٕ دوٚہ شوٗی کوٚر محسوس زِہ مُلہ تلہٕ اُس یہٕ تُرِیش تمِن اُچھنی۔ یہٕ اُس نہٕ بارِنچ تریش۔ دراصل اُس تمِن خبرِ کمِچ پیپاس!

اپارِہ اُس گرجا وُنہٕ ہُشیارِی۔ زان اُس ارہ سرہ کران تہٕ وَرگسی تہٕ آیہٕ نہٕ اکھ زوٚلہ تہٕ۔ سو رُوز تِتھے کنٛز لِرہ پھیرِی دِوان۔ سارِسی ماحولس اُس وُداُسی پیدٕان ہِشہٕ —— ٹِپ —— ٹِپ —— ٹِپ ——

چھوٚرہ چھوٚرہ کرہٕ وُنی راتھ —— مجبوٗر تہٕ پارہ وُنی!

لِبہٕ پیٹھ اوس فوٹو۔ پاک مریمؑ اُس نٕژہ تراو دُن شُراہ کھوٚنہٕ کیتھ زان وُداس ہِشہٕ۔ خبر کیازِہ باسیوٚ تَس مریمہ اوس گرجس

وٲژمٕژ۔۔۔ ورگسی پھیر مُنغر ژسیتی کلہ۔۔۔ تمِس اُس تمُو سِنز
دلُون اُچھن کھُر۔ گرجا آوس نلکس دام گونڈمُت۔ تس زان
اُس وُمرِہ ہنز پیاس!

ترشِس چیتھ ترٕ آو نہٕ ورگسی کمرس منز قرارٕی۔۔۔ تمِس باسیو
تمِس اوس بیٚیہِ ہیرُ ہو کھان۔ تس گنڈن بیٚیہِ ترٚیشہِ پیاس۔ لیُس
نہٕ سمندرٕ چینہٕ سیتی ترٕ پھٕٹہٕ۔ سو دراے پوٚت کھوری۔ بیٚیہِ نلکس
پیٚھٹھ ترٕ سو پیٚیہِ اسمانہٕ۔ گرجا ترِ واٲژ تتےٚ۔ تمِ وُچھ سو از
وارِہ۔ یہِ اُس نہٕ سو گرجا، یوسہٕ وُچھنس تس ہاٚل اُس۔ اُمِس
کیاہ چھُہ یہِ گومُت۔ تمِس باسیو تمِ اوس ووٚنی سٕنخ دوٚدمُت ترٕ
مُنِس اُسِس چھیپرٕ ترٕ بر آمٕژ دِتھمتی۔

کمیا سو گرجا۔۔۔ ۔۔۔ اَسہٕ ووٚنی طِفلہٕ۔۔۔ ۔۔۔ اتی توہ پھلکِ
پاٹھی وُڈی وُڈی گژھٕ ووٚنی۔۔۔ شوخ یوسہٕ سارنی ٹاوس اُبس
تلان۔ یوس نہٕ پننہٕ نین محبتہٕ کین قصن دوکھتےٚ کران تھکان
اُس، تمِہ ساری نرسہٕ نراٚنتھ ماٚنتھ آسہٕ پانس دشمن بناومٕژ۔

بے پرواہ ترٕ مست ـــــ یہِ پتاہ اُسُتھ ترِ نرہ امِرٕ سیتی۔ چھِ
تمِس ساری پوٚت غائب کران۔ تمِس اوس نہٕ کنس ترِ لوان گشنہٕ

" دٗپہَے ہمسہ ژٕہ دِکھنا از میأنی روت ڈِیوٹی ! "

" کیازِہ ؟ "

" از چھِ یِنٛ پاس ترٛمیہ چھہٕ گژھن پارٹی منٛز۔ "

ورگسی وُچھ تس نفرٕژ اُچھو تہٕ گرجا کھوٗژ ہِش !

" یِہ سوٗٹھ کٔیتھ سأ چھہٕ میہٕ شوبان۔ یِم بُنده چھا رنگس سٟتۍ میل کھیوان۔ "

تمہٕ دِژ کُنی یِنھٕ تہٕ ژُنٛہ ہِش کٔڈِس۔ یادُن اوس تس پھٹٕتھ درامُت۔

ورگسی گو دَم ہیوٗ۔ ہرا ترٛ اوس یِہے کُنہٕ ہیوٗ گومُت !

" پاس چھِ یِم رنگ خوش کران۔ "

" ..... "

" کرکھ سأ تیٚلہِ روت ڈِیوٹی۔ یمہٕ روت ڈِیوٹیہٕ تہٕ ہسأ کھیٚیہٕ اُسی۔ "

تہٕ ورگسی ڈُژھس نیٚنہٕ ہِش یِتھ۔ " آسِ گژھ ژٕہ نیٚر۔ "

گرجا دراہ بیٚیہِ دوہٕ ژلان تہٕ اسانٛ تس گیہِ سُنٛخ رِش گرجایہِ منٛز۔ اتھ اسِنس تل اُس یِہ خبر کیاہ ژوٗرِہ تھوٗتھ۔ Tenure گأژراہ اُس سوہ۔ گأژراہ کوشِش کرِتھ اوس تمہِ بُتھ بدلومُت !

سیتی ہُتھ بدلاؤمُت تہ زن سو ترِ ترلیشہِ ہُتھ اُس!

عبجن وُژھ ورگسی ژِیری۔ سو کھ وُشنِس تاپس اُسی ژھایہ گتِی گژھان۔ سِریہ بارسیوس زن لوَن ہرِس منز ہیلہ اوس آمُت۔ ورگسی گیہِ وُداسی تہ شوٗنجوٗ بیٹیہ۔ ہکہ دروازہ مُژرِتھ ژایہ گرجا۔ اکِس کیتھ تازہ پوشہ گوٗنداہ ہیتھ۔ سو اُس بیٹیہ اسان تہ تمِس اُسی تیہ شوخ پلو ناٗلی تہ سو اُس حد شوبان۔ ورگسی آو نہ تسند ہتھ پاٗٹھی یُن خوش۔ تمِس بارِسیو ماحول گو بوہ ہیو!

گرجا وُژھس اودرے ۔۔۔ " تہی کو نہ سہ چھوہ ہُتھ گملس پوش بدلاوان اوترہ پیٹھہ ؟ "

ورگسہِ ووٗنس نہ کہیں۔ تمی وُچھ گملس کُن۔ پوش اُسی ساریہ ہوٗکھمتی۔ یلہِ بوزفس یُن اوس، تمی اُسی کمہ چاوہ سان پوش ژاٗرِتھی ووٗنی کتھ!

گرجایہ بدلاوی پلنی پوش گملس۔

" میہ نہ سائِمن ہوٗکھمتین پوشن کُن وُچھنس ووندہ ۔ یوان میہ گژھن دوہے آسنہ پوش تازہ، شوخ تہ دوہ زلی! "

" آں ... " تہ ورگسی رُوزہس ہُتھس وُچھانٗ۔

" سہ چھُتن نہ ژینہ وُنہِ وُچھمُت۔ مندچھ بوڈی چھہٕ تیوُت شرُی
پسندی پائٹھو چھہ گُگُلی گژھان — تمیُ سنزن سٔنین اُچھن منز چھس
بوٗ راوان —— اُچھی —— زن سورُوی اسمانی رنگ تمِنی منز چھہٕ
سمیومُت — سنیہ ترنہِ پانٔیک ڈل۔ ترس تہ چھُ باسان بیٚیلہِ بوٗ
کتھہ چھس کران زن ژُونہ گاشس پیتامبر پھولن — ٹپ — ٹپ
— ٹپ — تمیُ سندِ تصوّرہ سیتی چھُ مےٚ باسان، زان سارِسی
نبس ساسہ بدین رنگن منز چھکہ چھہ پیمژہ تہ سورُوی ماحول چھُ
رنگین گومُت۔ "

سو رُوز خبر کیاہ وناں تہ ورگسی ژیوُن یہ چھُ یہ سورُوی
سو نبر اوان۔ تمِس اُس پتاہ دُنیاہس منز چھہٕ نہ کہنی پزٕ کتھ پورہ۔
تتھہ چھہ کانہہ نتہ کانہہ پن آسان رودمُت۔ دراصل اوس گرِ جس
پنہ نین خوابن سیتی محبّت۔ باقی اوس سورُوی اپزٕ ... ...
ہاونہ خاطرہ —

" تیٚلہِ کرکھ سہ ژہ میانی ڈیوٹی راتس۔ "

" آن کرِ ژہ آرام —— " ورگسی پھیرُ بُتھ تہ کرے ین نیر ئچ سکھ..
گرجا گیہٕ گژھ تانی ہش۔ دردی لاگِتھ تہٕ آو ژِ ترس دو ندے ڈیوٹی

"یِم ماسک ( Mask ) گوٚنت تانٛی روزن سائنٕس وجوٗدس دھوکہٕ دِوان!"

دوٚہس رُوز سو بیٚنہِ پراره وُنی تہ سو آیہِ نہٕ۔ دوٚہ آس کینٛہ تہٕ شستروٗ بوزنہٕ۔ یِم اُسی نہٕ موکلٲیِ زان یِمن اوس یدبن کلِم لاریومُت پرارن تہٕ ہندرُن۔ ورگسی اوس کمرس وارسے ڈوکھ ژامُت۔

شامس آیہِ گرجا بینہِ تس نِش۔ سو اُس تیچھہِ ہِش ... ...
ورگسی دوٚپ۔ سو ونہِ تس دوہنی نیرُن کمرہ منز۔ مگر تس سمیوٚ نہٕ بُتھی۔

"پال نہٕ سہ آوی نہٕ ونہِ خبر کیتہِ گو تس ژیر۔"

"... ..." تہٕ ورگسی سوٗنچ یہ کیازِہ چھہ یِمہ کتھہ پھیرِ پھیرِ کران — گرجایہ ژیُون تہٕ بدلاوٕن کتھہ۔

"بوٚ کاژاہ سہ نوش چھس از باسان —" تہٕ تمہِ اوٚس۔
تہٕ ورگسی باسیوٚ سہ اُسن اوس ژھوٚر کھوکھرُ ...
"دراصل ہسائ چھس بوٚ یِنزی پاٹھی نوش۔
"It is a bliss to be in love!"
ورگسی رُوز تس بُتھس وُچھان۔

ژواپاڑی اٲسی کرٕنکھ تہ وگ۔ مگر یتہٕ اٲس نہ وُداٲسی ... ...سارِنی ماجین اوس پاکھ مریم ہُند ہیوٗ نوٗرٕ بتھرِس لِشپان۔ تمِس اٲس گوڈہ پیٹھے لیبر روٗمس منز ڈیوٹی کرٕنی خوش کران — یتھوٗی کانہہ پریشان اٲس، سو اٲس ٹِکہ نبر نیران تہ نبرہ کنہِ پرار دِنِس مٲلِس شیچھ کران ... ... سو بوٗش تہ سو خوشی ... ...

راتھ ہے ییٚہ وارہ کارہ یِہ وُچھ ... ... رات نہٕ منزی گیاہ گوٚ اٮ۪س۔ گرجا اٲس درد کرٕ کران تہ سِسٹر ورگسی آیہ ساٲری وردی برٕنہٕ —

— ورگسی وُچھتھ ہیوٚتھ گرجن شرٕی بندی پاٹھی وَدُن۔

"یہِ کہے کوٚرُتھ ژیٚ ؟"

گرجا رُوز وَدان تہ گِتھ دِوان وٚونُس — "پاگل ہے ییہ نہٕ وونی زانہہ ... سُہ ہے گوٚ —"

— ورگسی ژاپہِ زٕنگن نٮ۪ٹھ۔ — ورگسی زن اوس سوڑی برٚونہہ پتاہ۔

"ژیٚ اوسکھن نا سُہ سِرہ کوٚرمُت ؟"

"سِرہ کتھ کرہ ہین ... ... بہ اٲسس پتھمُت تہ ترٲلِشہٕ ہیوٚر۔"

"ژیٚ ہے دِتھ مٲری واٲنِس دام۔"

کرنس۔ تس اُسی زان کوٚٹھ توٗ سیٚتی!

جوزفس روٚس کتھ کڑ سو وُنِم۔ "تمہٕ سُند سُہ محبّت اوسہٕ اپُز؟"

راتھ اُس سُہ وُدائسی، زان وُدائسہٕ تہٕ راژ کھُر اوس آمُت!

لڑِھ ہیٚژ وَتھ اُس کڑھ تانی ہٕیچ تہٕ گژھ۔ تالہِ ہُنز سُم ہٕش پیٚیلہِ متس زٹھ آسہِ۔ ڈیوٹی کران رُوز تس گرجا اُچھنی تل۔ اکھ پرٕژ ہٕش یتھ معنے سوٚن آسہِ۔ تس اوس پاکل تہٕ وَنہٕ۔ سو زانہٕ ہے تس وارہ پاٹھی۔ نفرژ سیتی ژادو تس پانس الہٕ الہٕ ــــــ پاک ــــــ کرٚوٚر تہٕ بے جبس ــــــ آکٹوپس (OCTOPUS) یِمہٕ سندین پنجن منز خبر کاٚتیاہ ہینہٕ اُسی آمتی!

تس گیہِ گرجا اُچھن تل یادہ ہِش ــــــ کُنہٕ ژُنی تہٕ تریشہٕ ہُنٛز تہٕ تریشس چیوان اُمس تس مجبوٗری ہُندی کرمن زنگ دُٹھ شوق ــــــ اکھ ہَرِیہ وتھ کرٕ کرٕ کرُون ــــــ یتھ یتھائے اکھ آبہٕ چھیکھ تہٕ میٹ کرہِ۔ اکھ بُرزہ وتھ۔ سو کتھ درہ ہے پڑھ داوہ ہالہٕ منز ــــــ

لیبر رُوم (LABOUR ROOM) اوس از بُرِتھ...

جوزف لوگ تس ہیٖرٕ پیٹھٕ بۄن تام وُچھنہِ۔ سُہ ووتھُس بٕہ ژٕ کرِتھ۔

"ژ ییٚہ رٔہ کہے چھۄوی یہ گوٗمُت۔"

ورگیسہِ آو یوٗت تانی زِہ وَنِہس ـــ "اَدِہ کیاہ وُچھتھ لگہِ ہیِم جوانی۔ گژِس اُس اُچھن تل وُنہِ تہِ گرجایہِ ہنز حالتھ۔ تمہ پھیرِ کلمہ۔ جوزف ووتھ تہ دزاو۔ دروازہ کورُن ٹاس کرِتھ بند۔ ورگس گیہِ ژوٗرِتھ ہش، دارِہ کنہِ دِژٕن نظر۔ جوزف اوس دُور یومُت۔ سہ رُود تس وُچھان۔ تمہِ دِژٕ نہ یوٗت نظر تہِ۔ ووہنی اوس سُہ واریاہ دُور یومُت تہِ ورگیسہِ وُچھ لڑتھ ہژھ سڑکہِ آسی جایہِ جایہِ دوب پُرٕ وَنہِ نغاطہ تار کول ژُگُل لأگتھ۔ ونہ اُس شُتلی موسیہ ہش باسان ـــ

یمہِ زیچھہِ بدصورت وتہِ، یم اِنسان دُور بہ چھہ دِوان!

ورگیسہ اوس بُتھ وِکھتھ گومُت۔ دُدارہ اوس محل ژوبچل وودِنہِ۔ ورگیسہِ باسیو زن سُہ انہ پھلیومُت اوس، زن کانہہ دلواہ پکھہ وأہرِتھ نداگہِ اوس بہتھ۔ تتھ پیٹھ آسی داتہ کرِیل گتھ کران۔ مزدورن تہ مُزرہنن اُس ووہنی محل لہران لہران فِینہ کھژہ مژہ۔ تمِ آسہ ٹھکمتی تہ پرہ ژھیٹھ گامتی تہ ورگیسہ

"میہ نے توڑ فکری... سہ کتھہ پاٹھی آو۔ زن اُکس منحوس
راتژ کُلیتھ ییہ طوفان تہ واوہ ہالہِ ہُند اکھ دکہ مُزرہ دأرِ تہٕ کرہ
سارِسی پیٹھ قبضہ۔ "میہ ہیٚے چھہ پانٚس سٟتۍ نفرت..... میانین
خوابن ہُندِس شہزادس چھہ دُنی یُن۔"

گرجایہ اوس بُتھہ پیٹھہ سہ تناو تہٕ ظلمت تہ ماسک اوس بھٹکمت
تتھہ اُسی ہارہ نٕلی گامتی۔ ورگسی ساو سو وارہ وارہ تہ شونگتھ
باسیہ یہ گرجا تمِس پاک مریمٕ ہِش۔ یمہ سارے مجبوری وونِس
آسہ شوٗدیر اَو مژہ۔

ورگس اُسِس سٟتۍ تھجمت... تمِس آو نہٕ کرس منز گژھنس
وونڈے۔ تس ییر ہیٚے سہ کُنبر کھینہٕ ہیوٗ۔ تھس اُسی تس گمہ
متھنہ آمتی تہٕ وردی اُسِس لِتھہ وَنہٕ ہِش آمژ۔ راتی راتس ڈکہ
گنڈھی دِتھ اوس تس ستِس کھنزی ہیوٗ گومت، زن زٕژی زا اُچھ
اُسِس آمژ داہراونہ۔ سو درایہ پکھ بدلاونہٕ ہوسٹل۔

داتہ وُنوی گیہ سو حیران تہٕ، خوش تہٕ۔ زن کانہہ سٕٹر یڈ بھرتھ
نِندرِ کرنے وونٹ لٕبتھ ہوشیار گژھِہ۔ گوڈہ آیس نہٕ پژھی۔ جوزف
اوس آمت۔ سو گیہ ہکہ تس نالہِ متہٕ رٹنہٕ۔ یتے وُلیس زنگہ

# سون

یِتھوٗی عزٕ دراے پٔنٕنین جامَن گرٲیہِ دِوان، موختہٕ تہٕ گو
سخ شوق زٕہ سو تہٕ گژھہِ از مارلیُن۔ یہٕ نہٕ زِہ تس آد اَنزرومن
پوٗز گژھانیُی چھُ اِنسانس اُتی احساس!

بوٗنہٕ دِتُس عزٕ آکو ــــ

"اُتھی ہۓ یپارٕی ہۓ تھاوٕ زِہ نظر . . . بوٕ دراے سۓ ساس۔"

"اوہہ فقراُنی نٕن بوٕ رٲچھو درپھَس ــــ" موختہٕ وٚون
پانس سیتی ــــ تس باسیوٗ عزٕ اُس تس مُژراوان۔

"ہیٚہ ہۓ ہیچھُ پانس تہٕ اُوری نیرُن ــــ" موختہٕ ژٕول ہکہ نیرِتھ
عزِہ آیہ نہٕ پَرٕژھی ہِنش تہٕ سو دراے نِیتھ دِوان تہٕ موختہٕ گو یہٕ برطبع۔
عزٕ آسہِ ہے موختہٕ وٗری ذاہ مرہ نِیتھ۔ پوٗز سو اُس وُنہٕ باس

باسیوٚ پنٕنۍ پانٕ تِمۍ منز اکھاہ - محل اوس زن تہٕ اسن کھنگا لِہ
تراوان ـــ اتھ کتھ لگِہ فیِش !

---

بوٚ ضرور ژٕنگ گونٛڈ۔ تس گٔنے یہِ مالِنچ سنٛخ کل۔

"مالِنہِ میانہِ آمدان باجہ!"

تہِ تس آو تعجب زِ ییتہِ کالہٕ پیٹھہٕ اوس نہٕ سوٚ مالِنۍ تانۍ تہِ گامٕژ۔ عیال بأری منٛز اوس سوٚ یتھہِ پأٹھۍ ہینہ آمٕژ زِ گاہِ نیبر گیاہ! سوٚ اوس نہٕ ییرہ نیبرِ تہِ دراٛمٕژ۔ ییلہِ نیرِنکۍ پھیرِنکۍ دوہ اأسِس تییلہِ اوس تمِس آمٕژ ہوٗنگہ!

... دوہے اأسی بأژ زٕہ اتھہِ کیتھہِ پیٹھہٕ ژوان۔ مگر سوٚنہٕ اوس تییلہِ تہِ گھرس منٛز نألکھہِ تہِ ہوٚختہِ اوس نہٕ کھینٛ یکن پأے۔ سوٚنہٕ اوس ٹاس پوٚٹاسی تہِ پیٹھوٗی سٕہ وٕلان اوس، ہوٚختہِ اوس رِہ پانہٕ کران۔ تس اوس ژِھنٛتہ تران تہِ ییتہِ اوس پأنے سوٚنہٕ تمِس دزہ وٗنین لہن للہ وان۔ کوتاہ خوش اوس یِوان ہوٚختہِ تسُند کأر نوٚمرأوِتھ پشیمان آسن تہِ وَدان وَدان تہِ اوسمٕ تس اٹھن یِوان أندرٕ أندری۔ تس آسہ سوٚنہٕ کیتھہِ پھیرِ پھیرِ یاد پیوان۔

ووٚچھ کوٗت نہٕ بوزٕن چھوٗی۔ ہیتہِ آسہ ہی بیتہٕ۔ اتھہ للہ گئے چھوٗی ژھوکھ لگان۔۔۔ "سوٚنہٕ اوس ییتہِ تس ٹانگس کھأرِتھ سأرِسی شہرس ژِنٛڈ کڈناوان۔ کمیک شوق اوس تس سوٚنن لٕشہ تھوو۔

دِوان زن تہٕ اکھ چکٕٹی اُس۔ سو اُس ہر وِزِہ وو ٹھ ٹِکہ پیٹھی روزان
موٗختہٕ اوس نہٕ ہیوٚک مُت پُتھمِن دُہمَن ؤرِین گھرہ نیرِتھ۔
وارِی کر اوس تس آمُت۔ "یِی ییٚن سو نہٕ۔ از گژھہ بوٚ تہٕ مارِیوٚن"۔
تس اُس پتاہ سو نہٕ زِہ سہٕ دِیہ نہٕ تس کُنہِ کُنہِ اَتھہ وتھی۔ پوٚز از
پتہٕ نہٕ سہٕ تس کُنہِ وتہِ تہٕ۔ سو گژھہ نہٕ از نٕہی تمہٕ سنٛزن کتھن۔

نیرُوٗنی ہردِک دوہ اُسی۔ سارِی پیترِ اُسی لیٚشن پیٹھ بہتھ
نِسیلِن دوزلِن مرتِہ وانگن وگوبن پھیرُ دِوان تہٕ سارِسی ہیرِہ
پوٗرِس اکھِ دلہٕ گڈان تہٕ بیٚیہِ دلہِ لاگان۔ پوٚز موٗختہٕ اوس نہٕ تور کُن
کُنی۔ کنہ درِہ آسہ ہاکہ وانکہ اَویزان تہٕ دوٗرہ اوس باسان زن
مس لبھتری جوراہ چھِہ۔ اکِہ وقتہ اوس یتھوی گوٚن مس موٗختہٕ تہٕ۔
از اوس تس سورُوی مس بوہ کیو بوہ کیو ژولمُت نیرِتھ تہٕ تالہ اُس
سفید رشین ہش چھپتے ہٕش۔

ہمسایِن آسہ برارِی گانی زِنہٕ بھڈِ سیتی برُتھ تہٕ موٗختہٕ اُس
سارِسی ناتیارِی . . . . سو کیتھہ پاٹھی ہیکہِ نیرِتھ۔ ہرُد چھُ
ہتہ زوٚنگ۔ کرائہِ شین تارِ لگہ نہٕ۔ مگر سیتی سوچھن۔ یمن کتھن
ہُندائے سوٗنچُم تیلہِ کریم موکجار۔" کیاہ تہٕ گژھی تن۔ از گژھہ

بیاکھ زُوجان — " دوٗن اُچھن ہُندی زہ[2] لال تہ دوہُونی اوس سُہ اتھو
اتھو ریچھان۔

موہنتہِ اُس عشمہِ ہُند وسہِ سریہہ، زن بینہِ زہ[2] آسہ تہِ یتھوی عشم
بُرٕژ رُوز، موہنتہِ اوس سونس پانس پیٹھ قسم ہیوٗتمُت زِ یُتھنہ دوہ نی
عشمہِ پیٹھ اتھہ تُلکھ تہ ازتانی اوس نہ سونن عشمہِ کیچھ ہوومُت۔

پوٗز زِیُومُت اوس موہنتہِ تہ یتھوی تمہِ سونس دوٗن درگاہ
زِہ سوچھے گوبہِ کھورہ۔ سہ زن اوس اسمانہ پیومُت۔ تمیٔ اُس سہ
کوچھہ تُلیتھ بھاوٕرٕ ٹانگس پیٹھ تہِ اوس کُنی شاہر ووتمُت اڈس پیٹھ
تہِ سارنی ہتی اُسن سہ کوم کرِتھ دأجہِ ٹانگہ پیٹھ۔

"کہو چھا سنز کیسر کنہ نہ۔ یتھہ ما اوسہ ونان۔ ڈبہ ہا چھم زُون
بجمہِ۔" تہ پتہ اوٗس سونن تہ ستہ اوٗس سارِوی ٹانگہ والیو۔
سونن باگرہِ سارنی ژوچہ۔

موہنت اُس اُندری گلُ گلُ گژ۔ "گرس منز اُس کتھ
بدل، پوٗز ننہِ دانہ یتھہ پاٹھو — "تمُس آسہ کنہ پھیرہ تانی ووزلیژہ
پوٗز پکن پاے اوٗمُس نہ کھنی۔ کوتاہ مُول اوس سونہ!
سہ دوہ تہِ یہِ دوہ۔ پتہ اُس نہ سونزا نہہ تہِ ڈٕھمہِ سونس

... موختہ اُس کھوژمژ برابری ہِش۔ تس کرٛھس تل اٹرٛان تہٕ
اُندری اُندری شرٛدکان ——— واہ کیاہ وَنُ ! "
" کیاہ ونَ۔ میہٕ کیاہ ژُورچھمہٕ کرٕمژٕ۔ " تہٕ سُہ اوس تس منز
مارکس نینہٕ وانہٕ مارے بران۔ کوتاہ وُول اوس سُہ اِتیٛلہٕ
لاکمہٕ ڈیٛنجہ گژھِتھ اگر عشمہٕ رسہٕ رسہٕ یکہٕ ہیے، سو تہٕ اوس
تس پھر یکہٕ ناوان۔ کوتاہ اتھہٕ دِچھُن اوس سُہ اعشمہٕ ہُند اوس
موختہٕ ذرہ ذرہ گژھان۔
" دُچھ کیاہ ژٹِن۔ یتھوٕی بوٕ تریٚہ مارے چھُسے بران، اُمِس ڈکرہٕ
ہَے چھوٕی یوان اَزرُون ——— اَدہ چھُسے یتھے ونان۔ یہ ہیے چھے
ژِیہٕ سون۔ دوٕنی دُچھوَ ناکُس زینہٕ دوٕ شوٕی منزہ۔ اِمہ پتہٕ اوس
سُہ عشمہٕ ژکھی یکہٕ ناوان تہٕ عشمِہ اُس پھیٖنب کھسان تہٕ پھر یکہٕ
ہُنر اُس سوٕ گھرہ واتان۔
کِنہٕ کِنہٕ ساعتہٕ اوس موختہِ عشمہٕ ہُند سنخ اَزرُون یوان زن
سوٕ تس یزٕی سون اُس۔ عشمہٕ اُس قداور تھلہ تھلہ کرٕ دُنی
ماٗدِیاٗ نی۔ تس کتہٕ نیرہ ہے جورہ ! تہٕ موختہٕ تہٕ کیاہ کم پایہٕ اُس
تہٕ سوٕ تس اُس نہٕ دوٕنی ہی کہنی فرق یوان بوزنہٕ ——— اکھ کمایہٕ کُل تہٕ

یہ کتھ بوزِتھ تس کڑ چشمو وچھنہ تہ اَنِس تیوٗت عار زِ ہ سہ ہیکی نہ برداشت کرِتھ۔ نیرِتھی۔ تس پکن نہ گوڈی۔" تراوِ کُس پیٹھ سو سوٗتنس بجرس منز۔"

اند تِہ آو نہ ظاہرا سوٗنہ کینہہ۔ ترِیہ دوہ اُسی تس گمتی دان سارہ جکس پیٹھ۔ تِہ وُنہِ تِہ اوس نہ سہ پھیورمُت تہ موٗختہ باسیو زن سو وُریہ بدن نیبری اوس تِہ تمُس آو سخ لول سوٗتنس۔ سوٗنس نِشہ آسنس آس تس حال گامُت! بچور خبر کیاہ آسہ لوٗگمت فاقے تہ پھیکرے۔ وو زمس پیٹھ آسہ زوٗ ژٹان تہ وونی آسہ ہس سو تووٗژھ تہ سو آیہِ اندری مُہرا ونہ ہِش!

برو نہہ اوس نہ سوٗنہ زِنہی ییتھ پاٹھی نیبر روزان۔ شامہ پتہ ہے تس کیاہ تہ کرِہ ہے کانہہ سہ اوس نہ زِنہی سوآری تلان۔ تس اُس گھرہ واتنچ تیزی آسان۔ دوہس تِہ اُس تس گھرہ کنوی کل روزان۔ کانژاہ مائے اوس سہ موٗختس بھران شامس!

تمن دوہن ہنز اُس کتھی بدل... تمن دوہن کیاہ اوس فکرِہ کھسان سوٗتنس۔ شامس اوس سہ نوٗتہ ڈکھیشی انان تہ وونی اوس تس ژیر تانی زوٗ ژٹھِتھ تہ نکہ بچرِنی چندس آسان تہ بعضے نہ

سِتھی شہر... سۄنٛ اوس تس پتہٕ کیاہ ترٛ کوٗرمُت۔ سو آیس نہٕ

کُنہِ وتہٕ ترِ دوٗرٕ۔ تریتھِن وُریِن اُمِس نٕہ سو گھرٕ نبر ترٛ دراہِشٕ

دوٗہن کیاہ چھہٕ لگان۔ بوزنےٚ چھُنہٕ یِوان کیاُزِ گیہٕ نیرِتھ۔ موٗختہٕ

اُمِس تِمِہ دوٗہہ اُچھن تلِ۔ سوٗرُوی اوس تس کالُک بھتہٕ یاد۔ وکھ

چھا روزہ وُن۔ پوٚزٕ کتھ چھہٕ سُہ بُنِس تل تیمبرٕ ہِشس زوتہٕ وُنی روزان

سۄنٕہ ترِ کوٗت اوس بدلیومُت۔ وِہتھِ ہُندی زٕہ سو کتھ۔ کُجا شہ دَزہ

وُن نار ترٕ کُجا اُزِیُک سۄنٕہ۔ سیٚخ تلِ کتُھ ہیوٗ!

تِمن دوٗہن کوتاہ سنا اوس سۄنٛس موٗختہِ ہُند۔ سُہ اوس

نٕہ تس ٹرٛنزِس ترِ دِوان اُچھن برونٛہہ کنہِ ڈلنہٕ ترٕ ازِ یِتھِ کالٕہ ترِ

اُمِس نٕہ تس یہ کتھ مُتھٔمٕت۔ موٗختہِ رُوس اوس نٕہ تس وارِی یِوان

نتہٕ یِیتہِ پھیرِہ اُمِس سو سکھریمِشِ مالیُن۔ مگر کُنہِ نتہٕ کُنہِ ہیتہٕ اوس

سۄنٕہ تس برنٕہِ بیٹھِ یوٚت پھِرنا وان۔ پوٚزٕ ہےٚ یوزَو، تِمن دوٗہن

اُمِس نٕہ کینٛہہ ہاہ موٗختہ آسان پانس ترِ مالیُن گژھنس مرضی!

نتہٕ کیاہ رَزہ کرِہ ہسہ سۄنٕہ!

مگر ازٕ اُمِس تس سیٚخ کل دراہِشٕ مالیُن کُن۔ کیاہ ترِ گژھی تن،

سو گژھِہ ازٕ ضرور مُلک گنڈ۔ تس آو اُچھن برونٛہہ کنہِ سۄنٕہ، یِس

تمِس گیہِ ٹاٹھ اُدری۔ تہ تُجس اُشہ دوراے۔ موختہ زٹ تس سُم تہ کوژنس نالہ موت ... کمایہ کُج — زان ولپہ ژہ یُژی کاُلی سمکھے مژہ آسہ!

سوء نہ تہ اوس سخ نشُس باسان۔ تمس آسہ چانچہ بانچہ ہو چھژہ کوتاہ بُڈہ اوس سہ باسان۔ یتہ چھاوہ نی ہیکان۔ یُنہ تس زیٹھ نچھوُ اوس گومت، سہ اوس نہ اکھی آمُت!

"بُڈہ نہ انسان تہ اَدہ کیاہ گژھِ ہیس۔ کیاہ وُچھتہ فولہ!"

عشقہ وِڈہ ہیبنہ تہ تمن بلسے یہ زن سوہ وَدان اُس!

"اُمِس وُکرِہ ہے سائنی شُرپتھ۔ نتہ بُڈِتھ تہ چھہ وُنہ رفل پکان۔" سوءتن دوان ژنانہ کُن۔

"اُہنہ — ژہ چھُہس زیادے لِشان۔ یہ کڈی یتھے پاُٹھی سانہ کھوتہ ژوُر وَکھ۔"

"وُچھ کیاہ ادے اَزر دُن۔ اَدہ پھُسے یہ یتھے وناں یہ ہے چھے سوالن —" تہ یُژہ کاُلی اوس دوہ شوہی کھرت کھرت کرِتھ۔

موختہ کوژ ہو گاٹن پوشن ژھر۔ تہ درایہ سوء نس مِتھ۔

مگر تس گو اُندری یتھے ہیوُ ژہ تریُہ دوہ ہیر آو شخص تہ

سۆ تہٕ۔ سۆنہٕ اوس ووفی پھوٚٹمُت۔ یہِ اوس موخترٕ ہٕندوی دِلہِ گوٚربہٕ زِہ سو اُس یمِن دوہن تس سٟتی وارِہ آمُت۔ نتہٕ وُوِلس سٟتی گھرہٕ کرُن ترٕ عیال پیتھرُن، یِہ گو کوہ پہاڑُن!

تہٕ نیرُن پھیرُن کر اُس تس فراغت آمُت!

"از گژِھ سہٕ ضرور مالیُن۔ کیاہ تِہ گژھِ تن!

سۆنہٕ نِزیِنگ اوس نہٕ وُنِہ تہٕ ہیر گرِی تہٕ پہاران اوس ہِش سو۔ نصف راتھن آو سۆنہٕ۔ موخترٕ ڈیوڈھ سہٕ دورِی۔ کوتاہ رسہ رسہ اوس پکان ٹانگہ۔ زن کانہہ تتھ لیتھ ناوان اوس۔ کتِہ سہٕ تیلُک ترٹھ طوفان! گھرہٕ یوٚن اُس عشم ہواہس سٟتی کتھ کران۔ سو عشم ہیچ نہٕ از برنہٕ تہٕ ہکہ اُتِھ۔

از اُس سو تھچمُت ہِش تہٕ پرہ ژھینی گامُت۔

ووفی بُڈے پہِ یتہٕ۔ ووفی چھہ پہٕ آیہٕ گیہٕ کتھاہ۔ ووفی کتہٕ چھہ ہیکان۔ گوڈہ کیاہ... موخت اُس پانہٕ تہٕ مدہٕ وُڈھمُت تہٕ چھتے مُت۔ تمِ وُچھ آرہ کٟشو اُچھیہ عشمہِ کُن۔ روٚنکس اوس تس مازژم ٹھیوٚمُت تہٕ سو اُس ہیچھمُت۔ کرٕنزی یاتہٕ۔ ییتھوی تمِ عشمہِ پھیکیو پیٹھی ساند وول، عشمِ اچھ اُچھ تس کُن دِرِہ تہٕ

"ژِہ چھکھ بُہ ییٖنہٕ زُٹ ووکھلس ژُھنان۔ عزٕہ ہیٚندی

کتہٕ چھہ؟"

"دراے سیٚلن۔ اَدہ چھسہ میٲنی پاٹھی کاژھ گوٗمت گھرسی منز۔"

"ژٕ یہ یا کیاہ گوٚیی کاژھ۔ ژٕ یہ کمہٕ کوٗرُی منع، اکھتوٗی سمکیوم

سپوٚن بوسے۔ ژمن چھنا نکٔس غتن ہال۔ گرٕشھان کونہٕ چھک ٹلِک

گنڈٕ... چکرہ چکر، دُنیا دارٕی دُنیا دارٕی!"

موٚختہٕ گیہٕ رُوزِتھ ہٕش۔ سوٚ نہ ما اوس ٹھٹھہٕ کران۔

"ژٕ یمہٕ چھے روپیہ پینژاہ ۵۰... نیٚری زڈ—"

تہٕ موٚختہٕ آو یوٚت یوٚت تانٛ زہٕ وٕنس کتھ چھُم گرٕشھن گھرٕ

بار ترأوِتھ۔ ہٕتس کاہس ین یم بکار یم پأنسہ۔ مگر سوٚ اَمہٕ

کھہرنہٕ کھرٕ ہرٕ۔ سوٚ کوٚت مانہٕ ہس!" ژٕہ گرٕ ھک نا؟"

"اَدہ یوہ تہٕ گرٕ ژھر۔ ییا میہٕ یتہٕ کُنِس زُنِس وار—"

"ژٕ یہ چھوٗی نہ نألی کینہہ—"

"ووٕ نی کم ساز چھم لاگنہٕ—" وٕ دُنس سوٚ نہٕ اسان اسان۔

تہٕ کیاہ گوٚ ساز... ہوور ہے تہٕ بییہٕ تیاہ کینہہ—"

تہٕ دوشوٗنی گیہٕ پرٕ آنی دوہ اُچھن تل۔

پٕرژھ ہے ژٕہ کرٕژھ اٙکھ۔ تتھ چھُہ لیشان عشمہٕ۔"

سونہٕ دوٚپنُس۔ "ژٕھنُس بلاے۔ وونہ ہے بُڈے یہٕ یہٕ۔ وونی چھا سو ہیٚکتھ۔"

تہٕ تمہٕ تر۪وٚو ڈاف تہٕ چوکر منزٕ ے وُچھ موخترٕ ژٕہ سونہٕ ادس پٕزی پاٚٹھی بڈ یومت۔ سہٕ اوس بنہٕ کرِتھ پیومُت تہٕ مازس آسس للہ وٕژھ مژہ۔ تمِس گو سونن سنٛخ ژٕھرہ ژٕھرہ۔ مگر تس موٚکھڈنہٕ انزینہٕ شوق۔ یتھے میٚہ ڈیچ ترٛوٚو، گٕیس بوٚ تیٚلہٕ مالِیُن، تمہٕ سُوٚرنِچ۔۔ "یہٕ چھُہ اکھاہ پننہٕ آرامہٕ خاطرہ اوٚسُن میٚہ کاٚژہ تھوٚوُمت کرِتھ یمن وٕریٚ ین۔ تُھٕس پیٚٹھ اوس یُتھ عار اناں نہٕ موخترٕ ادس نہٕ قدم پکنس وونہ یوان، ادہ ہینر نس۔ مگر از گژھ سو لامحالہ کرِتھ مالِیُن۔ سو لاگہٕ تمِس پیٚنز۔ سو اٙس یہٕ سونچانی ژٕہ سو کِتھہ پاٚٹھی سندی راوہ تہٕ تھٕتھ سنٛخ سونی۔۔ "مُقدمس ہے چھیہٕ نوٚش سنٛخ دُلٹے مژ۔ تالہٕ کنہٕ چھینکھ ژٕھٹ گڈ مژ۔ ... ... دوہے چھکھ تھوان ٹینڈٕ ہن پیٚٹھی۔۔"

"یتھین گژھہ یژھی پیٚنز... ... ژٕھ بوزتھہٕ مے ہی رچھ سانٛدی اٙسمان۔۔"

"تورے کھائیتھ چینیاہ۔ پوچھس کھورہ نَنہ واڑی۔"

پگاہ پیٚیہِ نہ موخترِ پدٕی کنٕہ۔ تمہ چلٕی ساڑی گمر گمبیک پلو۔
پوژہ ترٕ سونٕرِنس صافس دِژِن نیل تہ اوٚبرہ تہ مایہِ ہیتھ گیہِ
تم کرِ کرِ کرہ دٕنی۔ گٕلہ واٗنس ہیوٚتُن سوداہ ... خضر شرینہ
وُچھان وُچھان گیہِ روپیہ۔ لگان کیاہ چھہِ۔ پیترِ کاٗلی کھوُن
مالیُن، چھِنبو اتھو ماگژرہ۔ سو اُس پلو ژٕھنتھ ہیتھ مگر ژیر
اوس سونٕس گومُت۔ پیٚلہِ نہ سہ شام تانی ترٕ دوت، موخترِ لجٕ فکرِ۔

سہ گو نہٕ بیٹھہ روزان وول!

سونٕہ دژاوسلہِ پینٕج کنٕز اڈہ پیٚٹھہ، پوٚز وَ ترٕ روٚٹ عمہ ٹانگن
چایہِ۔ تمٕہ ترٕوو عشمہِ ٹاساہ تہ کرٕنس ہیٚرہ بون نظراہ۔
"وونی ہیاگیہِ یمہِ ہنزہ کتھاہ ... مالِکس ہا چھہٕ سفید
گرٕ گنٕنہ۔ چھوٚ ہے صلاح، مجہٕ موٚلس دِوِہ ناوے ... دوٚن
ہتن پیٚٹھہ کروے سوداہ ... یمٕس ترٕ ییٚی کینٕہہ۔"

سونٕس پیٚیہِ یہ کتھ وچھس مکٕرِ ہش — "سہ کنیاہ عشمہِ ...
سو چھنہ کیتھی۔ تمٕہ آسی عشمہِ ہندی نزٕہ چھیرہ کنٕز متہ ... پوٚز تمہ
ساعتہ آسہِ تس مجبوری۔ نبہ اوس مرِ نہ سرٕ۔ ترٕ تم کنہٕ وزہ ترٕ اوس

"تلے بو ماگوس ژھروِی اتھو۔"

"ییلہِ ژِہ گژھک، بنہِ نا تیٚلہِ۔" موختہ آیہ مژرنہ ہش۔ سوہ وُژھ ہکہ تہ کجبن اُندرِہ رو پیہ پنژاہ۔ سوکس اُس پتاہ زِہ یِم آسہ تمہِ یہِ دُینہِ تہِ پاُنسہ پاُنسہ سونبراومژہ۔ گاژاہ راُچھ اُس تمہِ کرُ مژ یمن روپین۔ کیتہِ پھرِہ اُس یمن پیٹھ تموٗ ژٗومژ۔ تمہِ آسہ سوکس حاجتہ وِزِہ تہِ دِژمژہ یِم روپیہ۔ تہ مالیُن گژھنکِس شوقس منز آونہ تس بوزنئے زِہ تمہِ کیاہ کوٚر۔

"وُچھ مالیُن ناو بوزِتھ کیاہ آیکھ مژرنہ.... میانہ وِزِہ نیری نہ دوٚمبرُی تہِ۔"

—— موختہ زن رٹکھ ژُورہ ہانزِہ!

"نتہِ یمہ روپیہ پننہِ۔ یِ چھہ سوروٚی عزِہ ہند امانت!"

"ہیہ چھنا پتاہ زِہ۔" سوکس آو اُسُن، وٚتھن مُنزی تہ وٚونُس۔ "کمن عنو طن گیہِ کھ۔ نتہ کتہِ اَنہکھ ژِہ۔" تہ تس آو سخ عار۔ "ریٚارِہ ڈُمبی دِژن چھپہِ مے پتھ!"

تمہِ وٚونُس۔ "یگاہ رُوز زِہ تیار، بوٚ کھسہ سٹلی شہر۔ بوٚ کھارتھ پانئے ٹلک گنڈ۔"

تہ موختہٕ دِیُت دَم ہیوٗ زِہ وُچھوٗ ووٗنی کیاہ ورِنہِ سوٗنہ!

"بوزکھ تیا کِنہ ... عشمہِ اوس نہ زوٗ ٹھیک!

"نتہ کراوس میانہِ وِزِہ تس زوٗ ٹھیک۔ سوارہ تُلنس کرِژھ چھہِ اُردُر۔ ینُن ینُن نصیبہ!" موختہٕ ووٗد ٹُنگہِ۔

کاٗر یوٗن تھوٗتھی ووٗتھس سوٗنہ ——

"عمُل چھہُ دِیان وُنہِ لیہِ عشم روپیہِ ہتھ کھنڈ ... دوہ دوہ ہے گژھی، پتہ لیہِ نہ کھُنڈ ہار —" یِہ وَنان ہوٗکھ سوٗنس ہیرُ تہ موختہٕ ہوٗکھ ٹارِن پیٹھ اوٗش۔

"ژہ یہ زُوڈی نا بیہہِ رُہیس کُنُن لایق۔ وُمرِہ کوٗرُن ڈاکھ ژے پیتھ تہ بجرس منز کُنہ ہِن ووٗنی۔ یگاہ کُنگھ میہ تہِ۔ خبردار چھے میہ نِش یِژھ کنتھ کرِنس!"

"چاےنی کتھ ہے اُمس یِنہ۔ پلہ ہم ہے تاوِیزِہ کرِتھ تھاوہ ہِن۔ پوٗز پانسی چھے خیر۔ کینہہ کُنتھ ہے اوس یگاہ کیاہ کھمو؟ میہ چھُہ باسان عمُل چھہُ پوٗزوی وَنان —"

"تیلہِ کتھ چھُک میہ پرژھان۔ مگر ییژہ ہَن تھاوَے نکھہ وائلتھ زِہ عشمہِ لگہِ نہ اسہِ وَرائی کُنہِ تہِ دِل۔ مشہ بابہ جنتی اوس میہ وَنان۔

تس باسیومُت زن تس وچھہ تلہٕ نبہٕ تہٕ نورہ اوٗسکھ نیومُت کڈِتھ۔

تہٕ تتہٕ اُس نہٕ عشتم پھیر مژی۔

تس آیہِ عشمہٕ ہنٛز سٕخ مارے دوہ تلیتھ ۔" وٕنڈمس نزو!"
مگر عمہٕ ٹانگہٕ تہٕ اوس پوٗزوٗی ونان۔ موخت اُمس بُڈیمژ تہٕ گاٹمژ
سرٹکن پیٹھ اُسی نہٕ بور ہیٛتھ دوہ تلان تہٕ ڈونکین اوس اتھس منز
روپیہ ہیتھ تہٕ تہٕ تس ڈیجِ زیتھ۔

"بوہا کرہ گھرہ مصلحت۔" سُہ وٕنتھ عملس کُن بے میلی۔
تس پھیری نہٕ گھرہ کُن کوٹھی۔ سُہ کیاہ بُتھ دیہٕ موخته تتہٕ۔ عشتم
تہٕ اُس نہٕ ہیکان ٹیکتھی انہٕ۔ سو رُوز کاٹر نوٗمرا اُوِتھ دِل ملوٗلی قدم
قدم کڈان تہٕ سونس باسیو... ..."اما امہ ما یہ سارے کتھ؟"

کھوژان کھوژان یِتھوٗی سُہ گھرہ ژاو، موخت اُس شور یمژ

"ہیہٕ اُس نا نتہٕ پتاہ زِہ ژیہٕ چھوی میہٕ مذاق کرُن۔ یہ چھیہٕ ژیہٕ
اُزیکُ۔ ژیہٕ اُسِتھ میہٕ دوہے نوکرِہ رز کرمژ۔"

"بوزکھ تیا کِنہ کینہہ نہٕ؟"

"بوزی بوزی کیاہ درام تنہٕ۔ ژیہٕ نَے ین اوسُی، میہٕ تگِہ ہنا کنی
نہٕ نہٕ گژھن ۔۔۔"

سونٛہ گو چھتہٕ ہیوٗ تہٕ وٕنُس لوٗتی ـــــ

"کیتھہٕ بوزکھ تیا کینہٕ ... ووٚلہٕ دِہ دوٚنی یم رۄ پیہ ...

پانس چھمنہٕ کھینہٕ تہٕ دِیو گیہٕ کتھاہ!"

"بوٚ دِمے نہٕ وِرِفی تہٕ ... دوٚیمے ناتم خرچ میٚہ ـ"

"رِمن کیاہ اوسے ژٕیہٕ انِنۍ؟"

"دوٚنی دِمیہٕ بوٚ ژٕیہٕ حساب ... تہٕ کرِتھ ینِنۍ اُسم پانسہٕ۔

یِی خوش کوٗرُم تہٕ کوٗرُم۔ چاٲنِس اگر اَتھہٕ لاگہٕ، تیٚلہٕ دَنتہٕ ژٕہ ـ"

"ژٕیہٕ کتہٕ اُنِتھ ... خوٗنہٕ زِ ی چھیہٕ میاٲنی!"

"سِنخ زِ ی چھے چاٲنی!"

"اَدہ چھا چاٲنی۔ وونٛ وَنہٕ ہے کتہٕ اُنِتھ!"

موٗخت ژایہٕ شرٛوٗکنِن وُدی وُدی تہٕ سونٛس پھیوٗر سِنخ۔

تَنہٕ نہٕ زانِہٕ از گیوٗس بِچارہ شوق نِبرِ نیرنس تہٕ تُمۍ اُسس لاٮ۪ژ

گوڈن ہانکل۔ یِمن رۄ پین لوٗگ نار۔ کیتھہٕ کاژاہ اُس نہٕ یٹھے مژ۔

نہٕ آسہٕ نِکۍ ژھرٕ تہٕ ژھرٹ!

سہٕ تہٕ کیاہ کرِہے چھنبوٚ اَتھو۔ عمل تہٕ اوس پوٗز وَنان تہٕ

سہٕ رۆود نِندرِ منز تہٕ ووران ـــ "نتہٕ چھسہٕ بوٚ عشم کرِنس خوش۔

بۄزِ ہے گوڈہ تلہ کڈِتھ بٔنیِس جایہِ دِموان، سہ ہیٚیا مۄل... ...
سہ ہوکھِ پنہٕ پنہٕ۔"

موختہِ ہُنز یہِ کتھ گاٹراہ پٔنز اُس! پوٚز عمل تہِ کیاہ اوس ایُز
وناں۔ سۄنس سمبونہٕ بُتھوی زِہ سہٕ کتھِ پاٹھی وٕنِہ تس پانسن ہنٛد تہِ
شہ ووتھس دُیان دُیان —— "نامے کیاہ چھک ژٕہ وناں تیٚلہِ،
وٕنکس چھہِ پانسہ تہِ اتھس کیتھ۔ پتہ روزہِ افسوسی!"

موختہِ وُزھس شاٹجی ہِش —— "نتہ چھنا میٚہ پتاہ ژٕ یٚہ پیوٚدی
یِمن پانسن کرٛن تام پیٚٹھ ژور۔ یہ دِمے نہٕ وِرزنی تہِ۔ یہ دِچھتھ نا
میٚہ یِم پانسہ ژور۔ ژٕ یٚہ آسہِ ہی نہٕ نِنہٕ آمژ راتہ پیٚٹھ۔"

"وُہی ژٕہ اُسکھ دوہے مجہوٗل!" سۄنن دِیت ڈیکس ٹاساہ
"مجہوٗلی یا ژٕہ بیعقل تہِ... ... نتہ کرہکھ ژٕہ میٚہ پیش گرہٕ۔ وُ شخص
بایہِ گیہٕ وُمرِ نبری نیرنس۔ گو کیاہ میانہِ حقہ! از دیوم بہ تہِ کڈہ
واش ہیوٚ۔ تتھ تہِ ژٕ اُنی تھم شِیتہ۔ نتہ کرہ آیوے ژٕ یٚہ نموشش!
چیٚپنہٕ کھاریتھ؟"

"سہ کتہِ کھارہ ہا؟"

"میانہِ وِزہ کتہِ یی ہی ژٕ یٚہ ووندے!"

مگر ہیتہٕ آس نہٕ تاب ترٕ۔ یتھوٕی موختہٕ دِژس زیریٚنہٕ لتس گوٚژھ دازِ حین
وۄر ژُلِتھ۔ سۄن کھینِہ وۄتھ ہاش۔ "ہکہٕ دود چھینہٕ زیادہ؟"
"اَدٕ چھُہٕ اَکھتی وران۔" تمِس لگو وارِے ہکو۔ "یِ تام
مرٕ تہٕ تۄ تام باسی ژیہٕ اَپزُوی۔"
سۄنس پیٚنہٕ مکژ ہاش وچھس۔ "تلے متہٕ وَدتہٕ یتھہٕ پاٹھۍ۔
میہٕ ہیکہٕ چھہٕ کیاہ تام گژھان۔ اَندرٕ۔ ہیتہٕ چھُنہٕ میہٕ پانس ژُو
ٹھیک!"
"ژیہٕ تیجے دو ہیکے ژھریے کتھہٕ کرنہٕ۔" سۄرُج بیہٕ وَونہٕ
تہٕ سۄنس لایِگھ ننہٕ ژمہٕ زن تیٚژ ریٚخ۔
کوٚکر بانگہٕ وۄتھ سۄنہٕ گانس منز تہٕ تمِس پھۄر اَچھ۔ عشم
اَسہٕ کینہہ ترٕ شوٚنجر ... ... یی ہس ترٕ کیتھہٕ نندر! اَموختہٕ
ہیکہٕ ہیرٕ ہُشیاری اَس تہٕ اَنکہٕ وَنہٕ تلے باسو تس نزہٕ عشمہٕ ترٕ
چھُنہٕ ژُو ٹھیک۔ تمِس اَسی کن پھُٹمتی۔ یتھوٕی تمۍ لتس روٚنکھس
ٹاس نوے، تمۍ تیج نہٕ کاڈ ترٕ نہٕ اوٚسُن لتس ژُوز اَشی دَدرارے
وسان ... ... سۄنن ہیوٚک نہٕ وچھتی۔ یتھوٕی تمۍ اَتھہٕ پھیرِ ونس
عشمہٕ اَسی ساری کنڈی تہٕ سۄ اَس تیٚژ تلہٕ کترِ ہاش۔ تمۍ

سۄ نارِ میوٗنی پانٔ کمہ شرا کہ چھم اَندری پیوان ۔ پوٚز بُڈہ جانور چھُ

میوٚے افسوس! از چھُ تٔ پگاہ نہٕ کہیں ۔ پگاہ کھیٚیا مُسلہ میون"۔

تہ اَدٕ راتس آیہ نہ تس اکھ زوٚلر تہٕ ۔ ناحقہ یا حقہ اوس تس

عمل سمہ کھیو مُت ۔ سۄ آو یُہے نِنہ ہیوٗ ۔ تس توٚگ نہٕ سونچُن زِ سۄ

کیاہ کرِ ۔ گوٗنس منز اوس موٗختہٕ کلہ دادِ سیتی زوٗ ژلان نیرِ کھ ۔

وٚود نہٕ گوڈہ کم! تہ اَندری لگی سونس بشرِ تراوسی ہیوٚی ۔ موٗخت

——— سونہٕ نین شُرہن ہُنز موج! یوسہ عشمہ ہُندی یا کُٹھی واریاہ

پین اُس گامژ ۔ اَدہ آسا یِژھے دوشوٚے تہ عشمہ ہُندہ خیالہ

لوٚگ تس یُہے رکِیل ہیُو ۔ دوشوٚنی اوس سونہ نہٕ زندگی ووشیار

تہٕ لول بھوز مُت ۔ گوڈہ کوٚت کُنہٕ شُہ عشمہ ۔ سۄ دریا بٔیس جایہ ۔

موٗخت زن اُس یانسی سیتی لبلہ کران ۔ کرِ نا! کم یا اُسہ

لتس عشمہ ہُنز ——— ولیسہ تون! عشمہ تہٕ اوس نہ کم تہُند

سرپٔہ ۔ سۄ تہٕ اُس پینتہ پینتہ ہنہ وَدان ۔ زن وداں اُس! زن

تس تہٕ موٗختہ ہُنزہ کرٕ نکیہ آسہ ترٕ ٹھ گامژہ ۔

سونہٕ اوس نِنہ آمُت ۔ یینہٕ کُنہ دِژون نہ موٗختہ ہُنزن کرٕ نکین

کہنی ۔ تہٕ ہیٚژ اُنی زِ یٹھو کھر وٚکھ مارِ نی ۔ زن مس نندہ اوس!

نیبرٕ اوس کوٚٹھش ییران۔ نب اوس الوندی۔ سونن وُچھ
نبس کُن تہٕ وٚونُن لوتی موختہٕ ــــ "عشمہٕ چھُنہٕ ژُوی ٹھیک۔
انہٕ وسہ نہٕ بو کامہٕ کینہہٕ۔"
"ژٕیٚر کیاہ۔ ژٕیٚر گژھی کانہہ ہتھاہ آسُن گھرہٕ بیہہ نس۔
یژی کیاہ ژٕیٚر یتہٕ؟ کینہہ نے تو ترٕ زینہ پانسی سوٚنب!"
سونس ہیٚژن ریہہ ــــ "بو چھُس یتہٕ شوقہ بیہان۔ ترٕ کرٕ کُھ
میٚہ ترٕ زان کوٚڈ اکرٕ دوہہ واش ــــ گو کیاہ میانہٕ حقہ۔
بو چھُس نا انسان!"
"ترٕ کمُ وٚون ژٕہ چھُک نہٕ۔ اتہٕ چھُمے ششترُو، میانی کنہ
بیہہ تہٕ دوہے ییتہ۔ نہٕ وُچھ نزان ترٕمے چھُم ــــ"
"ژٕیٚر ہیے پلہٕ ہی ژٕہ دِکھ نہٕ میٚہ برٕزرٕس ترٕ یتہ سوکھ۔ ژٕیٚر
اوسُے دوہے میونی تھوٚتھ۔ ژٕہ آسکھ دپانی کر گژھہ بو۔
ژٕہ کرِکھ یا نیناہ!"
اوٚت تام ژٕوٚل موختہٕ سورُی۔ ووہنی رُودہٕ تس پانس
تام ــــ "برٕ مارٕ یے پان ــــ" تمہٕ دِژ کرٕ کھ۔
"مرکھ ترٕ یے میٚہ پیا جاگیر رٹہٕ۔ ژٕیٚر کتھ تھوٚوتھس بو

دُبج شوٗنٛٹھ تہٕ وُزہ ناوُن موٗخت۔ یتھوٕی تمہٕ موٗختہٕ اَتھہٕ لوٗگ سہ
تہٕ اُسس عشمہٕ ہندی یاٹھ ریٚخ۔ تلہٕ کرُہِش!
"عشمہ نیٚ چھنہٕ زُرہٕ ٹھیک۔" تمہٕ ووٚنُس لوتی۔
"ژےٚ چھوٕی اُمہٕ شُند دود زیادٕے وسہٕ۔ چانٛی کنہٕ مُری تن
بقایا۔"

سوہےٚ چھہٕ پزی سخ بیمار۔"

"ہیں ... ... میہٕ ہےٚ راتھی زانیو۔" دگ ہیتھی وُژھ
موٗخت ہکہٕ عشمہٕ نِشہٕ تہٕ ہلہٕ ناوُن کوٚم تہٕ گور۔ مگر عشمہٕ لوٗگ نہٕ
چوٗنٛٹھ تہٕ تتھ۔ تمِس زن اوٗسن مالی رووٚمُت۔ سوٗنن واجو
کچُھ پیٹھہٕ مکایہ کانڈٕ لوواہ۔ مگر عشمہٕ دِیُہ نہٕ تتھ کُن۔ عشمہٕ لجہٕ
موٗختہٕ کُن اَچھ درہٕ تہٕ دِژن ہیٚنٛو۔ زن سہ وَدان اُس! موٗخت
اُس عشمہٕ تالہِ تہٕ ژٹھی ہکوٗ لگہ متھ تہٕ سوٗنن موٗنٛگ اَندری زِہ
عشمہٕ گوٗژھم نہٕ کینٛہہ گژھن۔ رات تانٛی اُس وارہ کارہ۔ زن
لُجس اُچھ۔ زن بوزن تمہٕ کتھ۔ اُمِس ہےٚ گوڈہ تران میانہٕ
کتھہٕ تہٕ فکرہٕ۔ ووٚنی سوٚنچِہ تہٕ نہٕ گژھنگ۔ عشمہٕ پیہ نہٕ وار
اسہٕ رووس!"

سوار بوٚ روٗس۔ توٚہی واپس۔ وتہٕ اُس ریہ چاہ تہ گھرٕ واتہ وُن
اُدُس شین لوگُت۔ تہ وتہٕ وتہٕ باسیو سوٚنس دِہ عشمہٕ زن
لِیتھ نوو انز ٹانگہ۔ گانس منز زول تمہٕ گوٚیُن تہ دشناوُن عشم
عشم زن اُس رُوشتھ ہِش۔

"تمہٕ آسن ضرور تمہٕ کتھ ژینزٕہ۔ یہٕ وُکرِ چھا کم مژھل۔
دوٚندمس نمُو — "نیبرِ کینژ گوس آکو" موقدم اوس پلنے
نَنہ وورُمی آمُت۔

"نوشہٕ ہا گوم سخ گایلہٕ۔ ژرے پیترٕہی چھےَ سو کرٕژھ وُٹکر
چھہٕ۔ اُتی گرٕژھان گھرس منز دنٛد وزُن۔ لَس پیوٚغش —
"آسہ چھکا دِس حض، وُنی گرٕژھ ٹھیک —"

"تمہٕ سیتی کھیو بنہٕ لَس۔ سو ہا چھہٕ علیل بیمار۔ ژِہ چار
ٹانگہ۔ سو پییہٕ شہر والنہٕ۔"

"وُنکینس حض یتھ شِینہ گمہٕ ڈار س منز؟" سونہٕ آدِتس
نکمہٕ۔ تہ دوٚنس لوتہٕ —— "ژِہ زانکھ نا یہٕ زنانہٕ کرِ کتھ
چھُہس مخرچہ کھالان۔ وونی ہے آسہ ہنے عشمہٕ نژد ٹھیک، تیٚلہٕ کیاہ
اوس۔ یہٕ چھا سو یہ اُنی عشم۔"

"نباتہٕ انسان مارونہٕ۔ اُمس کیاہ چھُہ۔ یکہٕ۔"

کھوژِہ ناوِتھ ؟" سُہ وۄتھ تہٕ لوگُن دزان عشمہِ سازتہٕ
دۄراو ـــــ

موٚختہٕ دِیتُس پوٚت آکو ـــــ
ژلِتھ کوٚت دراکھ۔ ہتہ یہٕ بتہ ڈوٗر۔ اکھ تیرہٕ منٛز ہیندرہٕ
گوٚڈرٕ۔ یہٕ تھاو گھاسس تل ــ"

نیران نیران وُژھس سۄ بیٚیہ ــــــ
"ڈوٚپے اورے کھاژِتھ ندرٕ گیٚڈا زٔبریاہن !"
سۄنس کوٚرُکھ زن کتہٕ کتہٕ۔

ہے ژیٖدٕ مرژی ــ "تہٕ تس دۄ تلیہٕ سخ مالے موٚختہٕ ہنٛز۔
"ووٚندمس زوٗ۔" سُہ دۄراو پوٚز عشم اُس نہ ہیکان بکھتی۔
زن نہٕ تمِس زنگن تہٕ وِی اوس۔ تمِس آو سخ عار عشمہٕ ہُنٛد۔
سیتی گیس دادِہ سیتی چھورہ چھورہ کرِوِنی موٚختہٕ اُچھن
تل۔ سۄ نہٕ نین شرہٕ بن ہنٛز موج۔ عشمہِ ہُنٛدوی دود اوس موٚختہٕ
لِلہٕ منٛز ہیوٚتمُت۔ سُہ کیٚنٛہ نہٕ عشمہِ ووٚنی نہٕ نہیٚ۔ یہٕ گُرٛتھم ووٚنی
ٹھیک گژھنی۔ مگر اڈس پتھ ڈجس بیٚیہ ژلیتھ۔ تمس ووٚنن
عشمہِ چھُنٛہ زوٗ ٹھیک۔ ٹھہرِتھ کرو سودا ــ" سُہ کھوٚت شُلی

یِتھوی ٹانگہ بَرٛ نٛرِ نیبر دٛراو۔ ہیٚرِ کِنِ وُچھ موٗختِہ۔ تہ وٚونہٕ نس بوزناوی بوزناوی۔

"بیمار اُس عشم میانی خاطرہ۔ دوٚیمِس ہُنٛدِ خاطرہ کڈہن نصف راُژن تِہ۔ پنٛژ پنٛژ سوارلیتھ۔ ژٕہ اوٗسکھ دوہے پر دارِک۔" موٗختِہ آیِہ اُشی گنٛڈ۔

سوٗنس درامے نٛرِ کوٗٹھی۔ پوٗز موقدمس کُن وُچھتھ آو تس عار تہ تمی عیار لاکم تہ دراو۔ نصف راُژ پھیوٗر سوٗنہٕ ژھروٗی اَکھو تہ ٹانگہ اوس نہ کُنہِ۔ موٗختہ اُس ہُشیاری تہ تمِہ ژٕٹ باکھ تہ سوٗنس توٗگ نہ کہیں وَنُن۔ یِتھہ تِتھہ کرِتھ ووٚن تمیٚ——

"بوٚہے پھوٗرس پاُنی پانس۔ ووٚنی ہے گیہ پننہِ ہنزِ لشِ تہ۔" "میٚہ ژانِہو تِتھوی یِتھوی موقدم آیوو۔ یِم کیاہ ژانِن بیٚیہِ سند دود——"

سوٗنہ اوس موچھہ موٗران تہ وُٹھ ژاپان۔ "دیان چھُس ژٕپی ہیٚمہ ہَک۔ میٚہ اگر یِہ پتاہ آسِہ ہے بہٕ تیٚرہ ہا یِتھ۔ میٚہ دوٚپ دوہ آسکھی گو بہٕ کھوٗرہ۔ تمِہ ہے اوس سانگ لوگمُت۔ دوٚہلہٕ اوس باژو دوہ ژوٚمژ تہ پیٚلہِ نٛرِ نوش ماُلی پیٚہ ترن کُنِ وتہِ پوٚشی، تمِہ لوگ ڈانب۔ یِہندی نخرہ تہ بوز ژیٚتھی۔ نتہ کوٚت اوٗسُس گژھن۔ تتھ شیٚنہ

سونس بیٚنہِ یہِ کتھ بُتھِس تھاپرِ ہش۔ تس وٚوتھ وٕہوٗن۔ " نہٕ حفہ، بہٕ مارنہٕ عشمہِ چانہِ خاطرہ۔ ژہٕ کرِزھ کتھ چھُک کران۔ "

" ژٕرِیہٕ ہا زونتھس بہٕ لوٚگمُت وٕنکنس۔ بلائے ژھٕنس یہِ منگہ ہم ترِ دِمے۔ میہٕ چھا چارہ۔ "

سونس ہیٚتِرٕن ریٖہہ۔ بلاے آیہِ حفہ چانین پائنس۔ یہِ چھُک ناوُچھان عشمہِ کیٚش ہیار چھیم ! "

" دونی ناچھِم نہٕ کُنیک۔ سو ہا چھہ بیٚنہِ زُدہ۔ "

سونہٕ کملیو۔ بلہٕ کیٚس آسی اتمِس پیٚنہِ موٚخت یاد۔ سونہٕ نین شرٕن ہُنز موج ! یہِ عشمہِ یہ ترٕ زانہِ یہِ دود کیاہ گو۔ دگرِ چھہ بوے آسان !

سونہٕ کملیاو ترٕ موقدمن ژرِیوٗن سأری چھہِ سُترٕ وأل۔ "

سونہٕ وٚوتھ۔ گو بہٕ دِلہٕ ترٕ لوٚگن ساز عشمہِ۔ عشمہِ تھاو کاژ نومرِتھ زٕن اُسِس مارنہٕ نِوان۔ سو اُس وَدان۔ سونس باسیوٚ تس اُسی ہِلی لگی مِتہٕ۔ دُنیچ اُس پھچھِ۔ تمہِ ہیوٚک نہٕ ساز ترِ تلکتھ۔ سونس پھُور اُچھی۔ " نہٕ حفہ یہِ کوٚت ہیٚکہِ ٹکتھ۔ یہِ نہٕ حفہ اُمِس کینہہ گژھیم بہٕ لیہِ نہٕ کھنڈ ہار۔ "

" ہا اُمِس نا چھنہٕ کینہہ ترٕ یہ واے۔ پوٚز اگر میہٕ نوش مرِہ، مگہ ژھٕنم تھو کہٕ۔ "

گرٕ کارس منٛز۔ یتھٕوی سو تموٚ ٹانگس کھاو، سو اُس نہٕ ابھہ کوہ کیہ ہِش۔ تہٕ وتہٕ گو تَس نٕو پھیر بتھ۔ وَتھ اُس نہٕ ٹھیک۔ ہُتَہ نہٕ عشمہٕ نٕو ٹھیک، تمہٕ چھو کہ نوو ٹانگہ تہٕ نوش گیہٕ ہیہ شائچی ہش وُتھ تہٕ رٕڈایہ موقہ مس۔ "ترِیٚ اُوے نا یمہٕ داندہ گاڑہ رٚوس کھیں اتھ۔ یہ پیوس اکسمانہ۔ میٚہ تھوٚگ نہٕ سو بچنٕوی بہٕ وَدا کینہ اسہ تہٕ اُتھو منز تُل نوشہٕ قسمچہ تہٕ گنٕوی دب لوین عشمہٕ یو نگھس۔" تہٕ موختہٕ باسیو زن تس تہٕ تنہٕ کھرہ کمی تاونٕ کُش گڈٕ تھ قمچہ دَب لوے۔ تس باسائیہ اندرہ لہہ پھان۔ عشمہٕ ہیے ژُجو زن چکہ نیر بتھ۔ چنوہ رارَے یتھ رات ژٕیِ رائتی راتس کرٕ بتھ۔ مگر تمہٕ کرٕ نہٕ ہوڈ۔ تمہٕ تھاو میانی شان تہٕ سو ژُجو رفل تہٕ میل کھنڈٕ دُور بتھ کھوٚت تس رتہٕ پوٚس تہٕ شٹھائیہ۔ میٚہ شٹھو اچھن منز اوٚش عشم اُس موکلیمتہٕ۔ میٚہ وُچھ نہٕ کھنٚی پتھ برو ٹھہ۔ سوی قمچہ دَب لوے میٚہ نوشہٕ بُتھس تہٕ تس نیوٚن ناز وُٹھمہ۔"

موختہٕ کرٕ نہٕ کیتھی۔ سو رُوز بوٚت لوٚت اندری وَدان۔ راُتٕ زن اوچکھ تمن موٚتھمت!

(اند)



زندگی منز چھِ کینہہ ساعت تِم تہٕ یِوان یِیلہِ سأنی نظر یکہ قلم وسیع، سُنٛز تہٕ ہمہ گیر بنان چھِ۔ یِتھہ ساعتہ
چھہِ زندگی ترٛٹھ اپارٕی ٹاکارہ لبنہٕ یِوان۔ امیُک سوّن ووگُن، ٹیٚنچھر امیچھر، شوٗژر کریچھر تہٕ ژھوٗژر پوچھر چھہٕ
ہلہ مِش سیدِ یتھ زندگی ہند ازلی حُسن بدہ دِوان کُڈِتھ۔ شنکر رینہ چھُ نوہ پیٚیہٕ ہند شۂ بجنہ بوٚڈ افسانہ نِگار
یُس فطرتن زندگی ہندی یِم موللی ساعت ہنا زیادہ پہن عطا کٔرِتی چھہ تہٕ اُمی چھہٕ زندگی پریتھ کوٗنہ تہٕ پریتھ
پاسہ وُچھت سرِہ سوبُوتھ ترٛ وُچھِ مژ۔ اَدے کِنہ چھُ اِنٛدین افسانن منز اکھ بالغ سنبر تہٕ اکھ موٗمُم ووگنیار ترٛ۔ یِم زِہ
صِفت چھہٕ فنس سہ شوٗ دِ حُسن عطا کران یِمہ سیتی فن لازوال بنان چھُ۔ شنکرنی افسانہ پرٛتھ باسِو مٕیہ زِہ گاٹرہ
افسانگ پرٛلوکٕٹ تہٕ لوو یوٗو بنہٕ اکہِ وِزہ یِتھہ شولہ وُن ہیوٗش یمیُک گاہ سٔتی سرِہ کیٚن بالن ترٛ یتھہ اپارہ یِیور
اکہ ترٛژہ رام رام بُدبرٛنی دُوٗنی بنہٕ یوسہ پریتھ شایہِ ونہٕ ییہ — کیازِ چھیکرس چھُ انسانی ہلہ ژارُک واحد وسیلہ
آرٹ تہٕ لٹریچر بنان بنیتہٕ، نہ کہِ چھوٗن تحریر یا تقریر۔

دینا ناتھ نادم

Cover printed at Broca's Artistic Press, Srinagar.